# دیوانِ صآبر

دھیانہٕ مےٚ کُن اگر صحی رٕوزِو
ألف تا ے حالِ دِل بوٕزِو

ایوب صآبر

کِتابہٕ ہُنٛد ناو : دیوانِ صابر

شاعر : ایوب صابر

تعلیم : ایم، اے ڈبل آنرز، بی ایڈ

سکرپٹ رایٹر ٹرینڈ از NCERT

سٹیٹ ایوارڈ یافتہ از ایجوکیشن ڈیپارٹمنٹ ۱۹۸۶ء

نیشنل ایوارڈ از ساہتیہ اکیڈمی نئی دہلی ۲۰۱۳ء

پیشہ : اُستاد

زہنہٕ جاے : بوگام کولگام (حال: شیخ العالمؒ کالونی نوگام بایی پاس)

تعداد : 500

سایز : 23x36/16

گوڈنیک ایڈیشن : 2017ء

صفہٕ : 200

مول : 300/روپیہ

کمپیوٹر کتابت : TFC سنٹر سری نگر 2473818

طباعت : الحیات پرنٹوگرافرس سری نگر 9419525103


بہٕ چھس اکاڈمی آف آرٹ کلچر اینڈ لنگویجز جموں و کشمیرُک مشکوٗر یُمے یہ کتاب چھاپنس منز مالی مدد کوٗر۔ اگر کتابہِ منز کانٛہہ حُسن قبوح آسہِ تمیُک ذمہ وار چھس بہٕ پانہٕ۔


کِتاب میلنُک پتہ:

ریڈ اینڈ رایٹ بک شاپ

اوقاف بلڈنگ بڈشاہ چوک سرینگر

# ترتیب

# دیوان

کرُن سوٗنچا تہٕ سمجا بے شُمارا
لیکھنٕ دیوان ہا مُشکل چھِ واراہ

أتی دُنیا أتی عشقُن جنوٗنا
کِتأبی صوٗرتس منز اکھ نموٗنا

الف تا ے برابر زان آسنٕ
مکمل آسہِ ، گیہِ دیوان آسنٕ

اما کیُتھ شأعرس جاہُو جلالا
تہٕ ستی شأعری ہُند کیٚا کمالا

خیالاتن تھزر چھا صاف باوان

Digitized By eGangotri



اما اِخلاق کُے چھا دھیانٕ تھاوان

صحی یُس وُترٕ گوٚو مأہر بلا شک
برابر ہا سُہ گوٚو شأعر بِلا شک

علم ادبس اندر بوزِو حسأبی
کرٕنی حأصل یہِ گیہِ اکھ کامیأبی

کران بہٕ تہِ گوس اکھ کوٗشش بظأہر
دِژٕم ترتیب مےٚ دیوانِ صأبر

أتی ہمت کُرِو پانے وں موخصر
سٔرو پانے پٔرِو پانے وں موخصر

☆☆☆

ایوب صاؔبر

# الف تا ے

الف: أَلف گۆو اللہ بے شک کتھ صحیح

ب: بے بسم اللہ بے شک وتھ صحیح

پ: پے پران گژھ علم پرٕ بزناوُن خدا

ت: تے توے دۆپمے فرض چھُے کر ادا

ٹ: ٹے ٹیچھر باسان چھُ یۆد پزرس اندر

ث: ثے ثمر ہا رُت چھُ اتھ نیران زبر

ج: جیم جاہٕل مو ژٕ بن مو زیادٕ ہٕل

چ: چیم چالاک بن مگر تھو نیک دِل

ح: حے حلالس کیٖو حرامس فرق کر

خ: خے خیالس روز وَن کیٖا گۆو زبر

د: دال دولت مند ژٕ بن پانٕے کماو

ڈ: ڈالِ ڈھونڈو حق پٹُن مو راوٕ راو

ذ: ذال ذِلت نِش رٕچھِن پروردِگار

ر: رے رُبّس کُن پزِ نہمن اسہِ بار بار

ڑ: ڑے سہ نا چھُنہٕ کُنہِ تہِ لفظس گوڑٕ بکار

ز: زے زمانے نا کران چھُے اِنتظار

ژ: ژے ژودأہم زوٗن وُچھ تابان کیٛا

س: سین سمسارس بڑاوان شان کیٛا

ش: شین شعرا ون مگر گوڑٕ تھاو کل

ص: صاد صأبر بن ژےٚ نیری میوٚٹھ پھل

ض: ضاد گوٚو ضربا دیٚتُس ژٕلروو کھُر

ط: طے طمع نا گژھِ کرُن حدٕ کھوتہٕ ہُر

ظ: ظے ظرافت ہا کران بیدار من

ع: عأن عأقل ہا تھوان کتھِ پوٚر کن

غ: غأن گوٚو غأفل سہ چھُنہٕ انسان بس

ف: فے فقیری ستی تھاوِنی زان بس

ق: قاف قلمس منز چھِ أستھ زورٕ شور

ک: کیف کأ کِس چھا لگان کُنہِ اتھہٕ نٕہ کھور

گ: گاف گۆو گُل رُوے تھرِ پیٹھ اکھ ہِسا

ل: لام گۆو لیلا تہٕ مجنوٗنٕنۍ قصا

م: میم گۆو محبوٗب سونٕے آنحضور ﷺ

ن: نون حض گژھِ ہر سِنس آسُن ضروٗر

و: واو گۆو واراہ کران یُس آسہِ وار

ہ: ہے ہوا ییٚلہِ آسہِ چلہٕ وُن زوردار

ء: ہمزہ پراوکھ عربیس منٛز بے شُمار

ی: ی یژتھ بخشتی أتی پروردِگار



# الف تا ے......ردیف

| الف | ب/بھ | پ/پھ | ت/تھ |
|---|---|---|---|
| ٹ/ٹھ | ث | ج | چ/چھ |
| ح | خ | د | ڈ |
| ذ | ر | ڑ | ز |
| ژ/ڑھ | س | ش | ص |
| ض | ط | ظ | ع |
| غ | ف | ق | ک/کھ |
| گ | ل | م | ن/ں |
| و/ؤ | ہہ | ہ/ھ | ء |
| ی/ئ | ے | | |



# الف

ہر جایہِ دُنیہس منز چھونے بجر خدایا
اسہِ لۆب ذرس ذرس منز چھونے بجر خدایا

مأدان کم کوہِستان کم نیری کم بیابان
کائنتیاہ زمین اَسمان چھونے بجر خدایا

رفتار آبہٕ سےٕ منز ترٛرا یہِ نارسےٕ منز
خوشبوٗ گُلابسےٕ منز چھونے بجر خدایا

ہر دم ہوا تہٕ بِنیہِ آب سمیَس کراں چھِ شاداب
تارکھ تہٕ زوٗن افتاب چھونے بجر خدایا

کم صُبح شام کم ساعت چونٔے کراں مُناجات
کیُتھ دوہ تہٕ کیٛا عجب راتھ چونٔے بجر خدایا

سوٗزِتھ ژےٚ ءکتیٚ سامان عٲلمو ادب تہٕ ایمان
مُشکل کراں چھُ آسان چونٔے بجر خدایا

خامُوشیٛا پلن منٛز بوٗلیٛاہ مٔدر ونن منٛز
پیٚ بوزنُک کنن منٛز چونٔے بجر خدایا

بس بٔڈ چھِ چاێنی درگاہ حمد و ثنا مَشا زانٛہہ
کیٛتُھ صابرَس پیٚہِ صبرا چونٔے بجر خدایا



# الف

دوہ راتھ کر محنت بھایا، گوڈٕ سونچ اِد کر کتھ بھایا
زینکھ ہتہٕ منٛز ہتھ بھایا، گوڈٕ سونچ اِد کر کتھ بھایا

شانا پڑاوکھ اِد ہر آن ، دوہ گُزراوکھ عاًلی شان
ڈکھِ روزی پربت بھایا، گوڈٕ سونچ اِد کر کتھ بھایا

شانتی پڑاوکھ اِد بسیار ، روزی رُوح پنہٕ نُے بیدار
معرفت موے نیوٗ چیتھ بھایا، گوڈٕ سونچ اِد کر کتھ بھایا

دِلبر روشن یارن ہُنٛد ، دِل رچھ دِل ہُشیارن ہُنٛد
وأنجہِ مو کر دَتھ بھایا، گوڈٕ سونچ اِد کر کتھ بھایا

مسلا بِد تگ سہ تہِ کر گول ، یِیتہِ برسیٚز رس پزرس لول
اپزِس ؤلی دیوٗ لتھ بھایا ، گوڈٕ سونچ اِد کر کتھ بھایا

صُبحے ذاتس منگ احسان، گوڈٕ سنٛمبلاوو پنہٕ نُے پان
قومس کر خدمت بھایا، گوڈٕ سونچ اِد کر کتھ بھایا

أنہٕ برابر گوڑ تھاو من عشقس منز بس پوشرُ بن
شمعہس أندی دیوٗ گتھ بھایا، گوڑ سونچ اِدٕ کر کتھ بھایا

ذہنس منز تھاو ماضی حال، مٗو بن ہرگز زانہہ بہہ وال
حرکت چھےٚ برکت بھایا، گوڑ سونچ اِدٕ کر کتھ بھایا

یژ تھاہ روزِی تیُتھ کرسنز، شوقن ژِ تہِ گژھ محفلہِ منز
پانس رژ تھوستھ بھایا، گوڑ سونچ اِدٕ کر کتھ بھایا

رِزقا سوزی بُجرس منز ، پنشن روزی بُجرس منز
کم کیٚژھا کر پتھ بھایا، گوڑ سونچ اِدٕ کر کتھ بھایا

ووٚنی گوٚو نصیحت بوز کھنے، زأنتھ دھیانس روز کھنےَ
صأبر ونہِ کیٚا تتھ بھایا، گوڑ سونچ اِدٕ کر کتھ بھایا



حل یہِ مُشکل سوال یہٕ تہِ کرِ ہا
دُنیہس منز کمال یہٕ تہِ کرِ ہا
میون مولا صحیح مےٚ دِیُن گوٚژھ ساتھ
نوٚن فقیری جلال یہٕ تہِ کرِ ہا

# ب

کن تھأوِو بۆزِو جناب یِہ چھِ قدرت لا جواب
با طریقت با حساب یِہ چھِ قدرت لا جواب

یِم چھِ کینژھہ کینژھہ بے وفا کینژھہ چھِ واقعی با وفا
بے بہا عشقس چھِ باب یِہ چھِ قدرت لا جواب

سوز کیا اتھ ساز کیا پانہٕ وُچھ اتھ راز کیا
دِل مےٚ چھُم سپداں بےٚ تاب یِہ چھِ قدرت لا جواب

وُچھ تسنز کأری گری بد کرو پراوَو بۆدی
رُت کرو زینو ثواب یِہ چھِ قدرت لا جواب

ہر سِمت ہر ہر ادا عأدِلن گۆو رُت جزا
ظألمن پتہٕ کیا عذاب یِہ چھِ قدرت لا جواب

کینٛہہ اسیری گیہِ سراں کینٛہہ فقیری گیہِ سراں
کینٛہہ اُہِم نقلی نواب یہِ چھِ قدرت لا جواب

رُت نظاما ہاوِ ہا چھا شُمارا باوِ ہا
تیٚلہِ چھِ لیکھنٕ اکھ کِتاب یہِ چھِ قدرت لا جواب

بھایہِ تتہِ ویٚترُن محال آیہِ کمہِ آسن سوال
تام گژھِ فورُن جواب یہِ چھِ قدرت لا جواب

رُت چھُ بیٚتہِ سأری یژھان اکھ یوان اِ اکھ گژھان
اصِلیت بوزِو جناب یہِ چھِ قدرت لا جواب

صاف چھُم آبِ رواں منٛز کشیرِ ے وٕتھ دپاں
بیٚاکھ دٕریا گوٚو چناب یہِ چھِ قدرت لا جواب

وٕنِۄ اُتی نیٖ نوبہار گُل رنگا رنگ بے شُمار
صأبرن یِی دیُت خطاب یہِ چھِ قدرت لا جواب



# ب

ذہن صاف تھاوَو تہٕ زینو ثواب
پڑٕر عام باوو تہٕ زینو ثواب

گُنِی کتھ شُباں گُن چھُ گُنزس اندر
ژٕیتس یام تھاوَو تہٕ زینو ثواب

صداقت اَنو بارسس أسی سدا
اپُز دۄر تراوو تہٕ زینو ثواب

دۄیُم آن مأنی اگر آسہِ نے
الگ گرٕ بساوو تہٕ زینو ثواب

بَرو سوئتہٕ چمنن یِیٚلے چاو أسی
أتی پوش چھاوَو تہٕ زینو ثواب

برابر أ ِکس اکھ یمو أسی بکار
دٕلو من بناوو تہٕ زینو ثواب

ییلے زیٔن خرچو برابر روپے
تہٕ ژونٛژ بچاوو تہٕ زینو ثواب

رُتے بروٗنٛٹھ کُن یارِ تھاوَو خیال
پٔتِم پتھ ہٕھاوو تہٕ زینو ثواب

دُلابن غمن مُشکلاتن اندر
صبر آزماوو تہٕ زینو ثواب

☆☆☆

نہٕ چھُس صبر نہٕ چھُس تاب
دوٚدٕ بدل منٛدان آب
ایوٗب صائبر عجب شاعر
ادل بدل وُچھان خواب

☆☆

# پ

بھایا ئلی کیٚا باوو شُپ
پُپس بُتھِ کیٚا تھاوو شُپ

سائلابس منز تھزرس کھس
آبس کھوکھ کیٚا ہاوو شُپ

کتھِ منز کتھ اسلافن ہنز
وقتس یاد أسی پاوَو شُپ

دوہدِش منگہِ کُس ہمسایِن
گرِ پننہٕ نِے رٔژھراوو شُپ

دۄپہو جان گۄو پتھ روزُن
طۄفانس کیٛا ہاوَو شُپ

تۄملس ما آسہِ تراۄنی ڈال
ئلی ئلی کتھ اَدراوَو شُپ

سأمتھ تھاوُن گرٛشہِ ہیوٚر گُن
گگرن اتھِ ما کھیٛاوو شُپ

کتھ کر کم ووٚنی صأبر صأب
تامتھ تلُی تھےٚ تھاوَو شُپ



# پ

رنگہٕ رنگہٕ بجا گُلن منز شوٗباں چھُ أتی گپ شپ
آزاد بُلبُن منز شوٗباں چھُ أتی گپ شپ

یِنہٕ کانٛہہ خطاے کھاٗلو ہر ساتہٕ مے ما وۄن موٚ
با موقہٕ خوش دِلن منز شوٗباں چھُ أتی گپ شپ

لأزِم اول چھُ علمی معیار بُلند آسُن
ادبی سمن بلن منز شوٗبان چھُ أتی گپ شپ

یِیٚتہٕ آسہِ آے اعلیٰ یِیٚتہٕ آسہِ پاے اعلیٰ
رنگین محفلن منز شوٗبان چھُ أتی گپ شپ

یِیٚتہٕ ہارِ طوطہٕ کوتُر کستوٗری تہٕ گیہِ آسِتھ
قُمرین تہٕ بیٚیہِ جَلن منز شوٗبان چھُ أتی گپ شپ

دَس ییٚلہِ ٹُلان کارس لولا بران بہارس
بومبرو یمبرزلن منز شۆبان چھُ أتی گپ شپ

گگرایہِ سوٚنتہٕ کالس گوشن گرٕھان چھِ یامتھ
اۆ برس تہٕ وُزملن منز شۆبان چھُ أتی گپ شپ

رازا ژٕ بوز کُملٹیا ییٚلہِ شاد دِل چھُ سپدان
سرسبز داش ڈلن منز شۆبان چھُ أتی گپ شپ

بے وایہِ مُشکلن منز صاؔبر بنُن چھُ لأزِم
اِدِ بوز دَردِلن منز شۆباں چھُ أتی گپ شپ



ووتھ نس بیٚہہ نس منز ٹِپ ٹاپ
پکہٕ نس ٹکہٕ نس منز ٹِپ ٹاپ
امہِ ہیوٚر آدم گرٕھِ آسُن
لیٚکھنس پرنس منز ٹِپ ٹاپ

## پھ

دُشمن بے بس پننہٕ دِیہٕ ٹوپھ
وِم پیہٕ سرفس پننہٕ دِیہٕ ٹوپھ

بروٗنہہ کُن روزو اٚسی ہُشیار
زنہٕ یا مردس پننہٕ دِیہٕ ٹوپھ

مُشکل سپدتھ ونہٕ کُس کیٚا
آدم بے بس پننہٕ دِیہٕ ٹوپھ

نیرٕن بالن چھالن منٛز
یا منٛز آرس پننہٕ دِیہٕ ٹوپھ

یێتہٕ کُس زانان عٲلِم غاٲب
دۄیمو بشرس پننہٕ دِیہٕ ٹوپھ

کأما تس کیٚا گِنتی ستی
فردس فردس پیٚنہٕ دِیہِ ٹوپھ

ہوشس روزو گامن منٛز
یا منٛز شہرس پیٚنہٕ دِیہِ ٹوپھ

پتہٕ نا چھُنہٕ کاتھہ موکلن پاے
نرِ دیوٗ نارس پیٚنہٕ دِیہِ ٹوپھ

صآبر بھایا کر اعلان
گُنہِ نادارس پیٚنہٕ دِیہِ ٹوپھ



پۆز باوُن چھا سہلے دپھ
ویٚتراوُن چھا سہلے دپھ
بیٚتہٕ گیہِ شامتھ تتہِ گیہِ پھاسی
حق کھیٚاوُن چھا سہلے دپھ

# ت

پایس پاوان چھَم بُترات
کھیٚاوان چاوان چھَم بُترات

سٔدرس منز ییٚتہٕ کم کم لال
دم دِتھ ہاواں چھَم بُترات

بُلبُل شولاں باغن منز
گُل پھٔلراواں چھَم بُترات

کٔمٕلِس پڑاواں اِستقبال
وٕلی پرٕ بزناواں چھَم بُترات

لل دیدِ دۄ پنٕم اُومُے پن
اِدٕ ابساواں چھَم بُترات

جاأری تھاواں رُت ماحول
گُلی رُوناواں چھَم بُترات

نیرٕن منٛز سبزارن منٛز
جب رچھٕ ناواں چھَم بُترات

یی وَوہم اِد تی لونکھ
پوٚز پٔزراواں چھَم بُترات

ژٕ تہٕ کر محنت پھل دِمہٕ بو
رازا باواں چھَم بُترات

یتہٕ مأنیوٗ زن پنہٕ نی موج
لولہِ للہٕ ناواں چھَم بُترات

روشاں ییٚلہِ زانہہ صأبر صأب
تیٚلہِ منہٕ ناواں چھَم بُترات



# ت

آدم بأوِن رِتی حالات
مولا تھأوِن رِتی حالات

وُمبرن وأنسن ییٚتہِ دوہ رات
پلہِ اسہِ پأوِن رِتی حالات

مشرق مغرب دپھ ہر سوٗ
عالم چھأوِن رِتی حالات

پوچھر لبہِ ہے ییٚتہِ مِلہِ ژار
موے اسہِ چأوِن رِتی حالات

ویہِ وُن أسِن اسہِ ماحول
دُنیا ہأوِن رِتی حالات

رنگہٖ رنگہٖ أسِن پیداوار
نعمژ کھیٚأوِن رٕتی حالات

سمیس منز بس خوشحأ لی
ہأوِتھ دیٚأوِن رٕتی حالات

وأفِر أسِن اکھ احسان
زانیہہ مو رأوِن رٕتی حالات

مولا بوزِن صأبرٕ صأب
اتھہٕ شیٚہلأوِن رٕتی حالات



شہرس گامس ژِرِ گیہِ رات
رُستم سامس کرِژ گیہِ رات
دوہ گوٚو کارا بارا بس
اِدٕ آرامس کرِژ گیہِ رات

# تھ

فأنی یتھ سمسارس بأتھ
دِل دِتھ مےٚ پۆری یارس بأتھ

وِم آیم اِڈ باواں گوس
آرس یتھ سبزارس بأتھ

سرخم گوڈٕ کوٚر ذاتس کُن
سٔدرس اِڈ لیٚکھی تارس بأتھ

وِزِ وِزِ تابع تھأوِم پوٗر
شولاں لتس ماہ پارس بأتھ

وقتا گوٚو ییٚلہِ پڑاواں گوس
میٹھی مٔدری لوکچارس بأتھ

سۆنچتھ وقتس مےٚ ہیٚژ سام
بأوِم رُوح بیدارس بأتھ

مہلک رۆدُس ہوہس منٛز
پُشرِم آبس نارس بأتھ

أخر ہیٚنز پیٚیہِ صبرس کأم
سۆزِم مےٚ اخبارس بأتھ



الگےٚ ژارُن چھا بُڈ کتھ
تارس تارُن چھا بُڈ کتھ
بھایا لڑ کر شیرس ستۍ
کھٔ ییٚتہِ مارُن چھا بُڈ کتھ



# ٹ

ییٚتہِ کُس مانان خأ لی مٔٹ
وزِ وُنی آسان خأ لی مٔٹ

چنٛدِ لیس آسیو ییٚتہِ خأ لی
سُے ییٚتہِ تھاوان خأ لی مٔٹ

اۆب کأژا اِدِ گۆب کأژا
پانے باواں خأ لی مٔٹ

وقتس ییٚلہِ نا حاجت أس
تیٚلہِ ہا راوان خأ لی مٔٹ

پانس پُشراں آراما
ہوہا چھاواں خائلی مٹ

ووناں کینہہ نے دونان کینہہ
نے اَبساواں خائلی مٹ

کتھ کر کم بس عائقل بن
دھیانس پاواں خائلی مٹ

گگراین ییتہِ تھاوان دھیان
شورا پڑاواں خائلی مٹ



# ٹ

سِر چھَم باواں پنٕہ نی زٕٹ
یاد چھُس پاواں پنٕہ نی زٕٹ

سردی یا اِد گرمی منز
چھَم بٕجراواں پنٕہ نی زٕٹ

رُوٗدس شیٖنس تاپس منز
چھُس ورتاواں پنٕہ نی زٕٹ

بوٗٹن سوٗٹن ہُنٛد عالم
چھَم مٕشراواں پنٕہ نی زٕٹ

قائیم أتھی منز فقرُت میون
دلہٕ سٕنٛبلاواں پنٕہ نی زٕٹ

تھاوَن یامتھ صافُ شِفاف
اِدِ شُبہٕ ناواں پنہٕ نی زٕٹ

گُنہِ گُنہِ ہا چھَم اسہٕ ناوان
گُنہِ وِدِ ناواں پنہٕ نی زٕٹ

أزی کِس یتھ ماحولس منٛز
مےٚ چھِ لسہٕ ناواں پنہٕ نی زٕٹ

صاۤبر صبرس منٛز کوتاہ
چھَم پرٕبزٕ ناواں پنہٕ نی زٕٹ



سبقا مےٚ وُچھ بوٗزِتھ ھوٕان
مقصد ووٕپداں پھٹا پھٹ
ماۤلِک یامتھ آڈر دِوان
تعمیل سپداں پھٹا پھٹ

# ڑھ

خرچُن یێلہِ آسہِ ہاوُن لوڑھ
چندسےٚ منز گرژھِ تھاوُن لوڑھ

تہہ دِتھ تھاوُن بٹُوس منز
ٲرِ ٲرِ ہا گرژھِ پڑاوُن لوڑھ

نقلی کٲمی دؤپ دپھ اصلی
بازر ہا گرژھِ تڑاوُن لوڑھ

قدرو قٕمتھ تھاواں کیٚا
پانے ہا گرژھِ باوُن لوڑھ

منٛدنبن أسِتھ راتس رأچھی
پانس نِش گرژھِ تھاوُن لوڑھ

عاجز آدم پتہٕ یِیہِ نا
وتہِ منز نا گرژھِ راوُن لوڑھ

وُچھی تھےٚ یکدم ماریَس جونٹھ
ژوٗرس اتھِ نا کھیٚاوُن لوٗٹھ

وقتس پیٹھ ہا پیٚیہِ در کار
وقتس گژھِ بٔچراوُن لوٗٹھ

یار ییٚلہِ صاٰبر آسی ٔستی
دٔستی تیٚلہِ خرچاوُن لوٗٹھ



موٗخصر بوزِو خدائے قہرا
واراہ مُشکلِ واراہ کریوٗٹھ
اتھٕ جنگ ہا گوٚو ساتھا پٔہرا
کتھٕ جنگ ہا گوٚو واراہ زیوٗٹھ



# ش

رُتُے آسہِ باسان تہٕ گٔری تو بجث
یُتے آسہِ شایان تہٕ گٔری تو بجث

زمینس وُچھو تھُ چھُ گردش پٔنٕن
تہٕ مہلک ہُہ اَسماں تہٕ گٔری تو بجث

اگر آسہِ مسلا تہٕ حل سپدِ کٔیا
بُتھےِ آسہِ ناداں تہٕ گٔری تو بجث

کرَو دوٗر مُشکل یہِ چھا بُڈ کتھاہ
کتھاہ باسہِ آسان تہٕ گٔری تو بجث

کرُن خاَر پاٹھا سہٕ گوٚو لاٗزمی
رُتُے آسہِ مہماں تہٕ گٔری تو بجث

نوابس نوابا غلامس غلام
ہوین ہوی چھِ سمکھان تۂ گری تو بحث

اگر آسہِ برپا بجا قُدرتی
گرٛھیا دوٗر طوٗفان تۂ گری تو بحث

سُدھارو پنُن پوٗر ماحول أسی
تھوو دھیان ہر آن تۂ گری تو بحث

ونان کیٛا چھُ صآبر تلا مأنی تو
یکو بروٗنٹھ با شان تۂ گری تو بحث



حقیقت جُدا اتہِ کرو کیٛا بحث
گُنہٕ کیٛا ادا اتہِ کرو کیٛا بحث
کرو زن بحث بیٛیہِ تۂ واتو اوٗتے
خدا گوٚو خدا اتہِ کرو کیٛا بحث

# ج

للہٕ ناوان سلہٕ ناوان موج
وُچھ سۍ تل دود چاوان موج

ٔگنگراوان لل دېدٕ ہٕندی واکھ
نبٔدرے مس چھَم ساوان موج

شفقت سۍ مٔز مس مدھوش
دِلہٕ کُے حالا باوان موج

دُنیا کیٚا اِدٕ عقبیٰ کیٚا
پالیس مےٚ چھَم پاوان موج

اَسمان پےٚ تن پٔٹھ بُتراٗژ
دوٗربہٕ نا چھَم تڑاوان موج

کتھ نے کتھ نے کتھ نے منز
وأنۍ چھم شیہلاوان موج

اتھ بُتھ صُبحأے چھلہٕ ناوان
شیرِتھ مے چھم تھاوان موج

اللہ اللہ اللہ ہوٗ
سبقا چھم پرناوان موج

آلو ییٚلہِ دِمہٕ صاؔبر صأب
دوٗرِ رے چھم پربزناوان موج



# ج

یاد اسہِ پوٗتھ کالہٕ تہٕ کوج
کھیۄن چھۄن تھوٗتھ کالہٕ تہٕ کوج

کۄشش اسہِ کٔر تتھٕی پٔٹھ پکٕو
رُت رُت بوٗتھ کالہٕ تہٕ کوج

مولا چوٗنے چھُم احسان
رحما پروٗتھ کالہٕ تہٕ کوج

مرنس موٗخصر دِیُن پھرا
غم ئلی ترٛووٗتھ کالہٕ تہٕ کوج

دُنیا تھووٗتھ افسوٗسا
آدم کھیوٗتھ کالہٕ تہٕ کوج

مُستی منز دِل مُژروؤتھ
بۆیہٕ سنٛبلوؤتھ کالہٕ تہٕ کوج

رنگہٕ رنگہٕ ہاؔوِتھ رنگ واراہ
من ثنمبلوؤتھ کالہٕ تہٕ کوج

تھرِ پڈٕٹھ صُبحے پھٔلروؤتھ
گُل مُشکوؤتھ کالہٕ تہٕ کوج

صاؔبر صبرس منز کوتاہ
ژٕے اَزموؤتھ کالہٕ تہٕ کوج



جانہٕ ور بے وایہِ فوج در فوج
ونٛدٕ آو ژرِ دژایہِ فوج در فوج
ناد کٔرؠ دِیُت نکھ سوٗنٛتس منز
واپس بیٚیہٕ آیہِ فوج در فوج

# چ

بۂ تہِ گوس وُچھان وتھ ییٚلہِ پٔچ
لُکھ گییہِ پکان وتھ ییٚلہِ پٔچ

تھزرن کھساں موڑن پیٹھ
سِزرن وساں وتھ ییٚلہِ پٔچ

کُس گوٚو پتھ اِدِ کُس گوٚو بروٚنٹھ
ؤلی گییہِ ہیٚچھان وتھ ییٚلہِ پٔچ

آدم اسہِ آیہِ نظرن تل
أندی أندی بسان وتھ ییٚلہِ پٔچ

دِل گوٚو بخشاں روٗحس آے
رِندٕ گییہِ گبوان وتھ ییٚلہِ پٔچ

بُلبُل وُپھِ وُنی سپدیاے شاد
گُل گیہِ اساں وتھ ییٚلہِ پچ

مایوٗسی ژٕج میلس دوٗر
دِل گیہِ جواں وتھ ییٚلہِ پچ

روٗح بیدارن من گوٚو شاد
غم گے ژلاں وتھ ییٚلہِ پچ

وتہِ وتہِ اسہِ ہا اٚبی واراہ
جب اٚسی رچھاں وتھ ییٚلہِ پچ

صاٚبر ساٚری مٔنزلس واٚتی
رب گوٚو سلاں وتھ ییٚلہِ پچ



# چ

گوڈٕ گۆو عٔلما پرٕنک جانچ
اِد گۆو دُنیا سرٕنک جانچ

ونہٕ منز نا نیری کینژہہ
عملی کینژ ھا کرٕنک جانچ

خوشحأل چھےٚ أتھی منز بس
رٕتی پأٹھی دوہ دوہ درٕنک جانچ

مشرق پیٹھٕ دپھ مغرب تام
وطنس لولا برٕنک جانچ

سٔدرس اِ گیہِ ووٚڑھ لاتِنۍ
گوٚڈِ سر تارس ترٕنٛگ جانٛچ

مولا دِی تن وُمبرا زۍ ٹھ
اِ گوٚو ژھارُن مرٕنٛگ جانٛچ

صأبر صأبس وصفا اکھ
کتھِ نےٚ موختا جرٕنٛگ جانٛچ



دٔستی دٔستی تورُن تارس
تِگرٕم کوٚرنس نٔنس روو جانٛچ
یارن یامتھ اتھِ ہوو یارس
یارن کوٚرنس تین اور پانٛچ



# چھ

یێتہِ کیٚا کمٕی سُنٛد آیا وُچھ
انٛدٕ ونٛدٕ سورُے بھایا وُچھ

مٕنٛزلس گُن أسی پکہٕ ہو بروٚنٛٹھ
گُس دِیہِ کیٚا دِیہِ رایا وُچھ

کھیوٚن چھوٚن ہا گوٚو ادٕ لأزِم
لسہٕ نس رِکرٕ گوڑٕ جایا وُچھ

دٕستی دٕستی کرہو سال
دِلبر یارس ترایا وُچھ

یہِ ہا گوٚو بونے ہُنٛد شیٚہجار
اصٕلی ربہٕ سُنٛد سایا وُچھ

سٔدرس اِ گیہِ ووٚڈھ لاتِنٛز
گوڈٕ سر تارس ترٕنٛک جانٛچ

مولا دِی تن وُمبرا زٕٹھ
اِ گوٚو ژھاٗرن مرٕنٛک جانٛچ

صاۤبر صاٖبس وصفا اکھ
کتھٕ نےٚ موختا جرٕنٛک جانٛچ



دٕستی دٕستی توٗرن تارس
تِگرٛم کوٚرنس نٔس روو جانٛچ
یارن یامتھ اتھٕ ہوو یارس
یارن کوٚرنس تین اور پانٛچ



# چھ

یێتہٕ کێا کٲمۍ سُنْد آیا وُچھ
انٛدٕ وٕنٛدٕ سورُے بھایا وُچھ

مٲنٛزلس کُن أسی پکٕہ ہو بروٚنٛٹھ
کُس دِیہِ کێا دِیہِ رایا وُچھ

کھیوٚن چھوٚن ہا گوٚو اِدٕ لٲزِم
لسہٕ نس رِکِش گوڑٕ جایا وُچھ

دٔستی دٔستی کرہَو سال
دِلبر یارس ترایا وُچھ

یہِ ہا گوٚو بونے ہُنْد شیٛہجار
اصلی ربہٕ سُنْد سایا وُچھ

شیرین باوی ییٚلہِ فرہاد
گوٚو کیٚا محبت مایا وُچھ

گوٚش مو زانٔہہ کر بُنلِس منٛز
دٔستی بچھُنگ پایا وُچھ

صآبر توکل کر ہر حال
مرُنک اِد بر آیا وُچھ



گوٚو کیٚا بوزِو تامتھ مانٛچھ
الہٕ پلہٕ دادٕبن شامت مانٛچھ
یامتھ کھیوٚ اِد حُمدا پوٚر
مولا سٕنٛز اکھ نعمت مانٛچھ



# ح

زِندِ تھاواں اِنسانس رؤح
در دِل مےٗ تہِ چھُم پانس رؤح

غم خوشی یِیتہِ کتھ منز کیا
ژھاران بانس بانس رؤح

أندی أندی پھیران گتھ ماران
باسان چھُم استانس رؤح

بٔدی ین ہر دم چھُے بیزار
خوش روزان احسانس رؤح

شیرین باوی یێلہِ فرہاد
گۄو کیٚا محبت مایا وُچھ

گۄش مو زانٛہہ کر بُنلِس منٛز
دٕستی بچُنگ پایا وُچھ

صابرٕ توکل کر ہر حال
مرٕنگ اِد بر آیا وُچھ



گۄو کیٚا بوزِو تامتھ مانٛچھ
الہٕ پلہٕ دادٕبن شامت مانٛچھ
یامتھ کھیوٚ اِد حُمدا پوٚر
مولا سٕنٛز اکھ نعمت مانٛچھ



# ح

زِندٕ تھاواں اِنسانس روٗح
در دِل مےٚ تہِ چھُم پانس روٗح

غم خوشی ییٚتہِ کتھ منٛز کیٛا
ژھاران بانس بانس روٗح

أندی أندی پھیران گتھ ماران
باسان چھُم استانس روٗح

بٔدیین ہر دم چھُے بیزار
خوش روزان احسانس روٗح

رِپلہِ سَے یلہٕ نا تراوِس زانٛہہ
ٹوٹھ ہا ٹأٹھِس جانس روٗح

کوتاہ دانا کأری گر
یێتہٕ ہا ڈٕسلس چھانس روٗح

حق یێتہٕ بێ سُنٛد کھیێہٕ کِتھٕ کنٛہ
پننہٕ نُے یێتہٕ بیگانس روٗح

وقتس صاۤبر تھاوان چھُم
لاگان مٔژری طوٗفانس روٗح



# ح

فضوٗلے مےٚ باسان باوُن صلاح
شُبیٖا دُشمنس ءستی تھاوُن صلاح

جہالت اگر آسہِ تیٚلہِ گوٚو گناہ
گٹن منز ئلی راو راوُن صلاح

مخاٗطب اگر آسہِ پالیس پیٚوٗمُت
ضروٗری چھُ تیٚلہِ یاد پاوُن صلاح

پِنو کانٛہہ وٗنیوٗ سالہا سالہا
دوہن منز صرف آزماوُن صلاح

زانٛہہ تراوبس نا یلہٕ سَے رِپلہِ
ٹوٗٹھ ہا ٹاۓٹھِس جانس رۄح

کوتاہ دانا کأری گر
ییٚتہِ ہا ڈٕسلس چھانس رۄح

حق ییٚتہِ بےٚ سُنٛد کھییٚہِ کِتھٕ کنِہ
پننہٕ نُے ییٚتہِ بیگانس رۄح

وقتس صاۓبر تھاوان چھُم
لاگان مٔژی طوٗفانس رۄح



# ح

فضوٗلے مےٚ باسان باوُن صلاح
شُبیٚا دُشمنس ءستیٚ تھاوُن صلاح

جہالت اگر آسہِ تیٚلہِ گوٚو گناہ
گٹن منٛز ئلی راو راوُن صلاح

مخاٗطب اگر آسہِ پالیس پیٚوٗمُت
ضرٗوری چھُ تیٚلہِ یاد پاوُن صلاح

پٕنو کاٗنہہ وٕنیوٗ سالہا سالہا
دوٚہن منٛز صرف آزماوُن صلاح

زبأنی زبأنی تہِ گیہِ رٕژ کتھاہ
کِتابن اندر گاشراوُن صلاح

برابر برابر چھُ دیُن حق پنُن
أتی جانبیں شولہِ ناوُن صلاح

پُرژھُن مشورا بس ایوبؔ صأبرس
دوٗپُم نعمتھاہ رٕژ بناوُن صلاح



برابر صحیح یاد پاوُن صلاح
أکِس اکھ زبر پأٹھی باوُن صلاح
گرِس منز برابر بجا صُبح و شام
دوٗپُم بھارنبن شوٗبہِ تھاوُن صلاح



# خ

رُبہٕ سُنْد اکھ اِحسانا سنخ
زِندٕ روزُن چھُے پانا سنخ

محنت مشقت اتھ در کار
شیرُن چھُے بتہٕ بانا سنخ

ویٚترُن ییٚلہِ نا تگہِ پانس
پھیرِتھ گرٚژھِ استانا سنخ

عشقُن عالم سُہ تہِ بوٗزِو
ربہٕ سُنْد اکھ احسانا سنخ

نادان ییتہٕ یُس میٲنی پٲٹھی
باواں، بےٚ چھُس دانا سنٛ

کُن یُس شۆباں کُنٛزس منٛز
تسٕی ٔستی مےٚ چھَم زانا سنٛ

عٔلما ادبا نۆرے نۆر
جہلت چھُے طۆفانا سنٛ

پننہٕ نُے گرٕ اِدٕ یُمی نا زون
پاٗلن چھُے مہمانا سنٛ

صٲبر صٲبا واراہ بوز
موخصر آنا جانا سنٛ



# خ

وُلی بناوُن یار بنخ
دِل تھوی ہُشیار بنخ

وأنسہِ روزِی برقرار
وُلی تِیی یکبار بنخ

دُنیہس منز پُر وبقار
پیٹھ کلس دستار بنخ

محفلن منز باالعموم
رُت کراں اِظہار بنخ

یتھ دِلس راحت سکوُن
چھُے رُحس شیہجار بنخ

نوٗر الدینسؒ ڈیڑِ تل
واتہٕ ناوی ژار نخ

دپھ خدأیی عظمتھاہ
نخ کری بیدار نخ

دھیان تھأوٕ بُلبُلو
چھُے گلو گُلزار نخ

صأبرا ژٕ تہِ لول بر
بوزٕ ناوی شعر نخ



رُت رُت باوُن نا چھُنہٕ سخ
دِل سنٛمبلاوُن نا چھُنہٕ سخ
پڑھ ییٚلہِ آسی پانس پیٚٹھ
نشہٕ تیٚلہِ تراوُن نا چھُنہٕ سخ

# د

سِنزن کر کوٚر تھزرس واد
مےٚ تہِ کر زانٛہہ کوٚر پزرس واد

واقعہ سپدیاے یێتہِ واراہ
گُنہِ کوٚر ہجرن پزرس واد

دانا یوٚد چھُکھ کر خاموش
یێتہِ چھُنہٕ علمی بجرس واد

مٔنزلس واتکھ سُلہِ یا ژیری
طے کر مو کر سفرس واد

نۆر الدینسؒ ڈیڈِ تل
واتہٕ ناوی ژار نخ

دپھ خدائی عظمتھاہ
نخ کری بیدار نخ

دھیان تھاوٕو بُلبُلو
چھُے گلو گُلزار نخ

صاؔبرا ژٕ تہِ لول بر
بوزٕ ناوی شعر نخ



رُت رُت باوُن نا چھُنہٕ سخ
دِل سنٛمبلاوُن نا چھُنہٕ سخ
پڑھ ییٚلہِ آسی پانس پیٹھ
نشہٕ تیٚلہِ تراوُن نا چھُنہٕ سخ

# د

سِزن کر کوٚر تھزرس واد
مےٚ تہِ کر زانٛہہ کوٚر پزرس واد

واقعہ سپدٕ یاے ییٚتہِ واراہ
گُنہِ کوٚر ہجرن پزرس واد

دانا یوٚد چھُکھ کر خاموش
ییٚتہِ چھُنہٕ علمی بجرس واد

مٕنٛزلس واتکھ سُلہِ یا ژیری
طے کر مو کر سفرس واد

ہنگۂ منگۂ ییٚلہِ ژلہِ روٗشِتھ یار
پتہٕ کیٛا ہجرس کجرس واد

یزلتس پنہٕ نِس دِیہٕ ما دول
موٚت آسہِ کرِ کیٛا مژرس واد

رُت گوٚو اِدٕ پھوٚل وقتس گاش
رأژو ما کوٚر سحرِس واد

پوٚز چھُکھ باوان صأبر صأب
اثرس کُس کرِ زہرس واد



# د

تُلان زندگی دس مےٚ ہیوِٚت ناوتٕمی سُنْد
لوٚبُم پان بے کس مےٚ ہیوِٚت ناوتٕمی سُنْد

وفا دوستن ہُنْد وُچھِتھ ہا بہٕ رووُس
اَتی بوز بس بس مےٚ ہیوِٚت ناوتٕمی سُنْد

حکیما سہٕ کُس ووت یتھ عشقہٕ داۓ دِس
پُشر پان ذاتس مےٚ ہیوِٚت ناوتٕمی سُنْد

فرق گیہِ نہٕ ذرگوٚو مےٚ واتان برابر
لیٚکِتھ اوس کھاتس مےٚ ہیوِٚت ناوتٕمی سُنْد

چھوٚلُم دھیانہٕ اتھٕ بُتھ منگان گوس سحرس
رحم کاۓناتس مےٚ ہیوِٚت ناوتٕمی سُنْد

سران گوس دُنیا پران اللہ اللہ
دوہس کیٚو مےٚ راتس مےٚ ہیوِٚت ناوتٕمی سُنْد

چھُ مأ لک تہِ سُے بس چھُ بوٚڈ ناوتٕمی سےٚ
بجر کیٚا صِفاتس مےٚ ہیوِٚت ناوتٕمی سُنْد

☆☆☆

# د

رُت کر کارا سپد کھ شاد
دِل ہُشیارا سپد کھ شاد

غم شم سمسارٕ کی ویٚژاو
روٗح بیدارا سپد کھ شاد

دِل کر واراہ بُجرس منٛز
ان لوکچارا سپد کھ شاد

پانس کیُت چھُے واراہ جان
بن دِلدارا سپد کھ شاد

دود کیٛو شکر دپھ شیرین
کر گُفتارا سپد کھ شاد

سۄنٛچتھ سمجتھ زبِ پٹھ ان
رُت اِظہارا سپدکھ شاد

دلہٕ کُے رازا یارس باو
لۆت کر بارا سپدکھ شاد

صُبحے صُبحے سپدی زان
پرٕ اخبارا سپدکھ شاد

صآبرٕ صائبس کر وا وا
وٕلی بوز شعرا سپدکھ شاد

☆☆☆

عالم گُل ییٚتہٕ آسان شاد
یم بُلبُل ییٚتہٕ آسان شاد
جاناوارن دِل تشمبلان
سۄنٛتس گُل ییٚتہٕ آسان شاد

# ڈ

شینس منز دیُت یٔکلس پنڈ
موخصراتھ تِنۂ کانٔہہ انڈ گنڈ
پُپس بُتھِ دیُت شُپا بنڈ
موخصراتھ تِنۂ کانٔہہ انڈ گنڈ

دِل ہُشیارا مدتس آے
واراہ واراہ مدتس آے
تۆلِتھ مینِتھ کھیٚاوِکھ کھنڈ
موخصراتھ تِنۂ کانٔہہ انڈ گنڈ

حأضر دٔستی گیہِ ہمسایے
بیۆن بیۆن سارویے ہادِژرایے
کوچس منز ٔئی لوگُکھ ٹنڈ
موخصراتھ تِنۂ کانٔہہ انڈ گنڈ

عملا اسہِ کٔر وَو با وَو
بجلی بالس پیٚٹھ نِیہِ دو
نلکن آبس زن لۆگ گنڈ
موخصراتھ تِنۂ کانٔہہ انڈ گنڈ

حاجت مالگہِ رٔژھرِتھ تھوو
ؤری یا بۆزوِ ٔئی ہا روو
مطلب بوزِو جی پی فنڈ
موخصراتھ تِنۂ کانٔہہ انڈ گنڈ

زأنتھ مأنتھ دِمہٕ ہونل    أخر رُت کیٛا نیری پھل
ہاپتس دپہٕ ہو اوٹا منڈ    موخصر اتھ تِنہٕ کانٛہہ انڈ گنڈ

منٛز رِگیٚنڈ کرکٹ منٛزی رِگیٚنڈ گاف    ونڈ سےٕ منٛز دژا وتاپھے تاپھ
جونس منٛز گوٚو موسم ٹھنڈ    موخصر اتھ تِنہٕ کانٛہہ انڈ گنڈ

دٔستی گٔس تاں پالیس پیٛو    مولا زانان پتہٕ کٔمی کھیٛو
کالے لوٗکو سوٚمبرو و فنڈ    موخصر اتھ تِنہٕ کانٛہہ انڈ گنڈ

یاشا گٔری تھےٕ گرِ ہا دژاو    سہلابس منٛز ژوٗرا آو
صأبر صأبن ترٛووُس چنڈ    موخصر اتھ تِنہٕ کانٛہہ انڈ گنڈ



# ڈ

اپُزا باوکھ دِیُن چھےُ ڈنڈ
مغزو راوکھ دیُن چھےُ ڈنڈ

ژکہِ ینۍ آسی شک آور
سون پرکھاوکھ دیُن چھےُ ڈنڈ

گرِ زن آسی بےٚ سُنُد حق
ئلۍ خرچاوکھ دیُن چھےُ ڈنڈ

باپارس منز بھایا ہوش
بُتھ بدلاوکھ دیُن چھےُ ڈنڈ

صُبح یلہٕ مو تراوُن گاو
دفتر کھیٛاوکھ دیُن چھےُ ڈنڈ

سۄنچِتھ پیٚتہٕ پکھ یارن ہتی
چندٕ پِنہٕ ہاوکھ دیُٛن چھُے ڈنڈ

مۄصُم یارس دِلدارس
دِل پھُٹراوکھ دیُٛن چھُے ڈنڈ

رازاہ ونہٕ کیٛا صأبر صأب
یاد نٔے پاوکھ دیُٛن چھُے ڈنڈ



گوڈٕ نا کأنسے ہاوُن گنڈ
یلہٕ نا ہرگز تڑاوُن گنڈ
للہٕ وُن أسِن دِلہٕ سےٚ مٔژ
سِر آسہِ تتھ گرٛژھِ تھاوُن گنڈ



# ذ

آیہِ شاہد تہٕ مون گۄو کاغذ
ووٚنی بلا شک یہِ سون گۄو کاغذ

قاضی یامتھ تہِ گۄو دِوان فتویٰ
اسہِ برابر یہِ زون گۄو کاغذ

اوس لیکھِتھ یہِ میأنی سےٚ ناوس
کر بھروسا وَ میون گۄو کاغذ

پرٕ تہٕ حمد و ثنا دوہس راتس
کر تہٕ یارن ژٕ فون گۄو کاغذ

رأچھی تھاوس تہٕ بےٚ تھون سأمِتھ
ما یہِ بِلکُل تہٕ چون گۄو کاغذ

صأبرا زیادٕ مو ژٕ ٹُل پُرساں
گوس وقتا تہٕ پڑون گۄو کاغذ

☆☆☆

# ذ

یێتہِ چھُ ظلم و ستم گژھان نأفذ
غم پھِوان ییٚلہِ تہٕ غم گژھان نأفذ

روزگارٕچ کران چھِ منگ یامتھ
وٕلی چھُ لوح و قلم گژھان نأفذ

دِلبرس بوز ییٚلہِ چھُ آسان سال
پوٗش بٔری بٔری ہلم گژھان نأفذ

آسہِ پژاوُن اگر صحی منٛزِل
تیٚلہِ چھُ تراوُن قدم گژھان نأفذ

آسہِ دُنیا اگر تھوُن قائیم
آدمس دیُن زنم گرٛھان نأفذ

قدرتی ییٚلہِ یوان چھِ کاتھہ آفت
کائیناتس چھُ دم گرٛھان نأفذ

یام صأبر ہوان چھُ صبرس کأم
تام رحم و کرم گرٛھان نأفذ



مےٚ وُچھ خابس منٛز کاغذ
لوٚگ گِردابس منٛز کاغذ
باقےٚ وُنی تو اتہِ کیٛا رُود
گوٚو ییٚلہِ آبس منٛز کاغذ



# ر

پژرا ییٚتہِ کٔمی کوٚر اِظہار     صُبحے باواں گوٚو اخبار
ییٚتہِ کُس وقتی بختاوار     صُبحے باواں گوٚو اخبار

زورا پنہٕ نُے سردی ہوو     ونٛدٕ کالن ییٚلہِ پرتو ترٛوو
جاناور ژٕلی پیروٚن پار     صُبحے باواں گوٚو اخبار

کٔمی کٔر محنت کُس گوٚو پاس     مکمل یامتھ تھوو اتھٕ واس
سٔدرس راہ گیرن لوٚگ تار     صُبحے باواں گوٚو اخبار

شش پنجس منز ییٚیہِ ماہر     میادس ہا گییہِ دگ ظأہر
غذہس ییٚلہِ گوٚو رَل بِسیار     صُبحے باواں گوٚو اخبار

وأنسن سنٛمب یم گییہِ آباد     کھُلہٕ ڈُلہٕ یموے روٗٹ اِمداد
چالاکو دیُت پھرٛن نار     صُبحے باواں گوٚو اخبار

اَسہِ کوٚر پانے مسلا گول     آلوٗدٕ پانے کوٚر ماحول
ویہِ وُن نا روٗدُے سمسار     صُبحے باواں گوٚو اخبار

مالون جنگلس منز ووتھ شور  ہاپتن یامتھ رۄٹ کمزور
پتہٕ کتہِ رۄڈُے یارس یار  صُبحے باواں گوٚو اخبار

گڑ بڑ گڑ بڑ گوٚو کیا ہتام  فِکرو پیٚتہِ ہا لُکھ رٔژی عام
وارِ کارِ آسِتھ گیہِ بیمار  صُبحے باواں گوٚو اخبار

دھیانس پمہٕ ہو یمہٕ ہو باز  دانا پیٚتہِ چھِنہٕ باوان راز
پٔری پٔری أسی کیا زِ گیہِ بے کار  صُبحے باواں گوٚو اخبار

رُت اثرا أمی واپس ہوو  سوٚنتن یامتھ پرتو ترٛوو
ژٔلیٕمتی بٔییہِ آیہِ جاناوار  صُبحے باواں گوٚو اخبار

گوٚو کیا اۆ برا گوٚو کیا تاپھ  معنے مطلب باوان صاف
بوزِو صاؔبر صأبٕنی شعر  صُبحے باواں گوٚو اخبار



## ر

اکھ پٔہر اکھ ساعت چھُنہٕ پانس قرار
راتھ دوہ ییٚتہِ چھُنہٕ روٗحس جانس قرار

گردشَس منٛز پانہٕ ییم اسہِ کیٛا ونن
نَے زمینس نَے چھُ اَسمانس قرار

خود غرض سأری چھِ النفسی کران
نَے چھُ پنہٕ نبن نَے چھُ بیگانس قرار

عشقہٕ نِس ییتھ عالمس منٛز گیر گٔے
نَے چھُ رِندس نَے چھُ جانانس قرار

ڈنجہِ روزان بنۂ نا چھنہٕ، تی دپان
نَے چھُ پانس نَے چھُ جانانس قرار

آسمانس تام گیہِ بلڈنگہِ بنان
نَے چھُ ڈٕسِلس نَے چھُ ییّتہِ چھانس قرار

اکھ انان بیٚا کھا کران ییّتہِ لوُٹھ گوٚو
نَے عوامس نَے حکمرانس قرار

اِدٕ دزان ییٚلہِ تیٚلہِ چھَ یم دوٗشوے دزان
نَے چھُ شمعہس نَے چھُ پروانس قرار

زندگی منز بڈٕ کتھا صأبر بنُن
اِدٕ مُرتھ حأصل چھُ اِنسانس قرار



Digitized By eGangotri



# ر

رحمت تمۍ ؠنز ییٚتہِ بِسیار — ویہِ وُن آسُن گوٚژھ سمسار
نارس سپدُن گُل گُلزار — ویہِ وُن آسُن گوٚژھ سمسار

نَے کانٛہہ کاہٕل آسُن گوٚژھ — نَے کانٛہہ جاہٕل آسُن گوٚژھ
نَے گوٚژھ آسُن کانٛہہ بے عار — ویہِ وُن آسُن گوٚژھ سمسار

سوٗدا احسن باوس منٛز — باسُن گوٚژھ ورتاوس منٛز
دیانت دأری ہُنٛد باپار — ویہِ وُن آسُن گوٚژھ سمسار

ہِشرا ووتھِ نس بیٚہنس منٛز — اُمنا رہنس سہنس منٛز
قأیم دأیم رُت ملہٕ ژار — ویہِ وُن آسُن گوٚژھ سمسار

سِر ییٚتہِ باوان یارس یار — دوہ دوٗہ کر ہو أسۍ مزٕدار
ییٚتہِ ارمانن بس لوکچار — ویہِ وُن آسُن گوٚژھ سمسار

کارا بارا ییٚتہِ وأفِر — آدم کارس منٛز ماہِر
اُترن لایق شانن بار — ویہِ وُن آسُن گوٚژھ سمسار

چالا ڈالا طاقۍ طاق — ورتاوس منز رُت اِخلاق
سبز رُک پز رُک رُت اِظہار — ویہِ وُن آسُن گوژھ سمسار

بہتر نالن ناگن آب — اوٗ ند پوٚکھ ماحولا شاداب
چشمن ٹھنڈی رُت سبزار — ویہِ وُن آسُن گوژھ سمسار

غأبی تیتھ گوژھ سپدُن سنٛز — لگھ گرژھی آئسنی صحتس منز
کانٛہہ نا آسُن گوژھ بیمار — ویہِ وُن آسُن گوژھ سمسار

حالاتن ووٚنی دیُن چھانوٚو — گوٚویی پتھ کُن اِتی گوٚو
بروٛنہہ کُن امنکی رِتی آثار — ویہِ وُن آسُن گوژھ سمسار

صأبر رِزقس دِمہٕ ہونوٚو — ہُر ہُر آسُن گوژھ نتہٕ گوٚو
یک انارو صد بیمار — ویہِ وُن آسُن گوژھ سمسار



## ر

دِمباغس مےٚ أندی أندی نژان چھَم بجر
لٔیکھان چھُس بہٕ غزلا یوان چھَم بجر

تُلاں شورِ غوغا چھِ ارمان یام
أتی شش پنجس منٛز پھساں چھَم بجر

تِیتھے وأری داتن ہوٚان سام ہِش
أتی حأری ثاتن سنان چھَم بجر

شُرِبیس مرحبا پے دِوان ٔستی ٔستی
لٔیکھان بروٚنٛٹھ کُن گرٛژھ ونان چھَم بجر

برابر کران چھُس بہٕ پابند کلام
مدارس برابر انان چھَم بحر

خیالا یوان یارٕ سُنٛد چھُم ییٚلے
تیٚلے مان آسان بنان چھَم بحر

کران چھُم مےٚ اُستاد تصحیح یام
صحیح چھا غلط بس ننان چھَم بحر

گرِو مرحبا ووٚنی اٲمِس صائبرَس
ترنم برابر تھوان چھَم بحر





سیٖز رُک پڑرُک اکھ اِظہار　　کتھ گژھِ آءسنی معنے دار
خوش گژھِ روزُن یارس یار　　کتھ گژھِ آءسنی معنے دار

اکھ رژھ روزُن نا گژھِ پتھ　　دادٕ بن سپدُن گژھِ روخصت
بوزانی یُتھ بلہِ بیمار　　کتھ گژھِ آءسنی معنے دار

وقتس روزُن قائیم جوش　　مغزن یُن گژھِ ذٔستی ہوش
روٗح گژھِ سپدُن ؤلی بیدار　　کتھ گژھِ آءسنی معنے دار

تسکینا روٗحس بیداد　　ذٔستی دِل یێتہٕ کروٗن شاد
عشقُک لولُک رُت اِظہار　　کتھ گژھِ آءسنی معنے دار

اۆبرا ژلہٕ ۆن تاپٕے تاپھ　　بروٗنہہ کُن روزِنی وتھ گژھِ صاف
ڈنجہِ ہا روزُن گژھِ باپار　　کتھ گژھِ آءسنی معنے دار

کارس فصلا وۄپدیو کیٚا　　مشرق مغرب سپدیو کیٚا
باوُن گلیر گژھِ اخبار　　کتھ گژھِ آءسنی معنے دار

رازا باوے ؤلی کر نوٹ	بأژہتھ سأری تراوَووٹ
کن ہا تھاوی اِد سرکار	کتھ گرٗژھِ آسنہٕ معنے دار

روشن آسی صُبح و شام	آدم وقتس کرِ آرام
موخصریمہٕ ستی بوٗٹھ کھسہٕ کار	کتھ گرٗژھِ آسنہٕ معنے دار

شوقن ہا کھسہٕ لولس باو	ہرگز یتہٕ نا روزی گژاو
دِلبر سٕہ تہٕ ہا بوزی زار	کتھ گرٗژھِ آسنہٕ معنے دار

بوزٕ باوَے رُت منشور	وُمبرن یزتھا روزی پوٗر
ہر جایہٕ روزی سیوٗد دستار	کتھ گرٗژھِ آسنہٕ معنے دار

ہوشس منز یپہٕ دھیانس روز	اِد وَن معنے گوڈنی بوز
صأبر صأنہٕ یم اشعار	کتھ گرٗژھِ آسنہٕ معنے دار

☆☆☆

بچنچ باتھا یُس نا ژھارِ
تٔس گوٗو سیوٗدُے مارِ یا مار
تھوڑا بہت یہہ ما پژارِ
ہاپتس نِش گوٗو آر پار

ڑ

پننہِ وطنکو پاسبان سأنی پہاڑ
شانہٕ بڈٕی یم آستان سأنی پہاڑ

تھزٕرٕ بجرُک نا ہوٕان چھِنہٕ ناو زانٛہہ
زندگی منز یم جوان سأنی پہاڑ

آسمانس ءستی لأرِگتھ دوستی
پۆر نظرن تل عیان سأنی پہاڑ

رات دوہ ہر ساعت خاموشی اندر
بس کران شیرین بیان سأنی پہاڑ

ماہ پارن منز اِشارن کیٛا ونان
زنتہٕ باوان داستان سأنی پہاڑ

عٔلمِ غأبا کیٚا چھُ مہلک عالما
آسمانس یٚم سنان سأنی پہاڑ

کأنسہِ زانٛہہٕ ونتہٕ مِنت چھا ہوٚان
پأنی پانس پیٚٹھ پلاں سأنی پہاڑ

تژلیش چاوان وُمبرِ وُمبران عالمس
شیٚنہٕ ژادر أندی ولان سأنی پہاڑ

اتھ مدارس پیٚٹھ سدا روٗزِتھ مقیم
ما چھِ زانٛہہ وعدس ڈلان سأنی پہاڑ



# ڑ

وتہِ پکھ سیٚزرس پٔنٹھ کر دھاڑ
بھایا پزرس پٔنٹھ کر دھاڑ

موخصر ہیوٚر ہیوٚر کر پرواز
روزُن تھزرس پٔنٹھ کر دھاڑ

ذالتس مُتی چھِی واراہ ٹاٹھی
مُستی مژرس پٔنٹھ کر دھاڑ

میوٗنے بوزکھ گژھ بیدار
سُلہِ سحرس پٔنٹھ کر دھاڑ

مینِتھ مٔنزلس واتکھ پوٚر
مُشکل سفرس پٔنٹھ کر دھاڑ

قصہٕ چھُکھ باوان نظمس منز
امہِ ہُر نٔرس پیٹھ کر دھاڑ

سینس منز چھُے عشقُن نار
حدٕ رۄس تٔرس پیٹھ کر دھاڑ

سمسارس منز صاؔبر بن
وُترُن صبرس پیٹھ کر دھاڑ



گرٕ ھ وُچھان شایانِ شان أندی پہاڑ
زنتہٕ باوان داستان أندی أندی پہاڑ
دوستو صد بار شوٗبیکھ مرحبا
یَم چھِ وطنٕکی پاسبان أندی أندی پہاڑ



## ز

کن تھاو گوڈ ژ تہِ پانا بوز　　کم کیٛنہہ ژ تہِ جانانا بوز
غزلے ہُنٛد عنوانا بوز　　کم کیٛنہہ ژ تہِ جانانا بوز

سحرس ییٚمی دِژ منٛزلس ییٚتھ　　تمی کوٚر گونگل وقتس پیٹھ
تمی کھیوٚو بوڈ بنہٕ بانا بوز　　کم کیٛنہہ ژ تہِ جانانا بوز

صُبحس شامس تھاوو آش　　وولہٕ انہِ گٹہِ منٛز منگہٕ ہوس گاش
مولا کرِ اِحسانا بوز　　کم کیٛنہہ ژ تہِ جانانا بوز

کِبرُک ییٚتہِ کر مسلے گول　　ییٚتہِ برسیٚر رس پزرس لول
تھٲز تھاو پنہٕ نی شانا بوز　　کم کیٛنہہ ژ تہِ جانانا بوز

ہاٲوِتھ وٲلی دیوٚ دیدِ بر دیدِ　　عاقل یوٚد چھُکھ کر تنقید
معنے روٗس افسانا بوز　　کم کیٛنہہ ژ تہِ جانانا بوز

لاۂچ ییٚلہِ گوٚ وےٚ تہِ گٲر منگ  وِرِ وارن منز ژھاراُن ٹنگ
مےٚ تہِ مان اکھ دیوانا بوز  کم کیثھہ ژٕ تہِ جانانا بوز

تھزرس کُن ہالبہِ ہم آے  جنتس منز اِدِ پڑاو کھ جاے
چھونٛ مُو تھاو پرمانا بوز  کم کیثھہ ژٕ تہِ جانانا بوز

گٔنزراوان گرٛھ طاقۍ طاق  مولا پانے چھُے رزاق
دِیہِ کیٛا ییٚتہِ انسانا بوز  کم کیثھہ ژٕ تہِ جانانا بوز

طوطس رازا ووٚن ہارِے  مُشتا اکھ از خروارے
گوٚو کیٛا وولہِ ان زانا بوز  کم کیثھہ ژٕ تہِ جانانا بوز

صٲبر بھایا یم گیہِ خواب  ان پڑھ ہا چھُکھ موون داب
گوڑٕ کر عٔلمچ زانا بوز  کم کیثھہ ژٕ تہِ جانانا بوز



# ز

گردشس منز دُو جہان پیتہِ مہربأنی تسٕنز
پپٹھٕ یہِ مُہلک آسماں پیتہِ مہربأنی تسٕنز

حأری شاتن منز سدا وأری داتن منز سدا
سُے چھُ پانے پاسبان پیتہِ مہربأنی تسٕنز

أوی لین نقطن سنان شیخ سعدیؔ کیا ونان
پرٕ گُلستان بوستان پیتہِ مہربأنی تسٕنز

شوقہٕ سان گونگل کران نوٗر الدینؒ شروکی پران
سوٗنتہٕ نیران باغبان پیتہِ مہربأنی تسٕنز

پوٗر رٕوی یس منز ہجر ظالمن زیوٗ ہُند کجر
عألمن شیریں بیان پیتہِ مہربأنی تسٕنز

یام چھُس مرضی گژھان اَخرس ہاؤتھ دِوان
دوستن ہُنْد دوستان ییتہٕ مہربأنی تسٕنز

لوکچارا سر بسر اَخرس بُجرس اندر
مُنزی بنان آدم جواں ییتہٕ مہربأنی تسٕنز

ییتہٕ دیکھ زانِہہ ہُش مُشا وُچھ زمانُک گردِشا
اکھ یوان بیٚا کھا گژھان ییتہٕ مہربأنی تسٕنز

تمیٚ سٕنزے رحمت عیاں تمیٚ سٕنزے عظمت عیاں
پوٚر چھُس وحدت عیاں ییتہٕ مہربأنی تسٕنز

وُچھ مےٚ ییتہٕ جاہل سبٹھاہ وُچھ مےٚ ییتہٕ عادل سبٹھاہ
حاکمے در ہر زمان ییتہٕ مہربأنی تسٕنز

شاعری منز دِس بدس وِرد تھووُن صابرس
اللہ اللہ بر زبان ییتہٕ مہربأنی تسٕنز



# ز

ہتا میانہٕ یارا مےٚ چھُنہٕ موٗژ از
بہٕ ونہٕ ہے ژٕ ےٚ شعرا مےٚ چھُنہٕ موٗژ از

بہٕ وُچھ ہا چمن میون پھولرُووتھا
سدا نوبہارا مےٚ چھُنہٕ موٗژ از

دِمے کیٛا ژٕ ےٚ نفسو ژٕ روٗدُکھ پتےَ
بہٕ کرٕ ہا گُزارا مےٚ چھُنہٕ موٗژ از

سرَو کیٛا کرَو کیٛا تہٕ بوزو پگاہ
لگے دوسدارا مےٚ چھُنہٕ موٗژ از

کلاما مُدُر چون بےٚ بوزٕ ہا
ہتا وہاب کھارا مےٚ چھُنہٕ موٗژ از

دِلس منز چھِ ارمان کاٗتیاہ دفن
بہٕ کرٕ ہا شُمارا مےٚ چھُنہٕ موٗژ از

بۄ ونہٕ ہا پزر زینہٕ ہا بو ثواب
مےٚ پیپہٕ ہے قرارا مےٚ چھُنہٕ مۄژ از

یمے بُو زبرون بہارس اندر
ہتا شالہِ مأرا مےٚ چھُنہٕ مۄژ از

بۄ ونہٕ ہے چھُ کوتاہ بجا بے نیاز
سُہ پروردِگارا مےٚ چھُنہٕ مۄژ از

پکان گرٛھ گرٛھکھ صبرِ صآبر لبان
ژٕ تھَو دِل ہُشارا مےٚ چھُنہٕ مۄژ از



آسہِ کأنہہ اوٚن بچھِر سُہ تہٕ عأجز
آسہِ کأنہہ روٚن بچھِر سُہ تہٕ عأجز
دھیان بُو چھُس دِوان چھُ کیا دُنیا
آسہِ اتھ چھوٚن بچھِر سُہ تہٕ عأجز



# ژ

ییٚتہِ کیٛا کیٛا چھنہٕ باوان رأژ　　سوٗنچان سوٗنچان راوان رأژ

انہِ گٹہِ عالَم گوڈٕ زانان　　اِدٕ زُنہٕ گاشا چھاوان رأژ

دوہ لۄس واپس انہٕ ناوان　　دۄرِ ربٕ ناچھَنہٕ تژ اوان رأژ

ویہِ ڈُن موسم ییٚلہِ آسان　　مَس ننبٕذِ رے اِدٕ ساوان رأژ

بچپن پپٹھ کُے باوان حال　　پالیس بُجرس پاوان رأژ

گونماتھ باوان ییٚلہِ گُلریز　　اِدٕ نُنہٕ چاپا چاوان رأژ

ءگس ءگس رنگہ پِندرس بوزان　　ئِن ئِن اِدٕ ابساوان رأژ

آدم یامتھ دوہ زینان　　اِدٕ ہا نعمژ کھیٛاوان رأژ

طأری سپدان خاموشی　　سبقا رُت پرناوان رأژ



# ژ

ؤنی مے دِتی مے ییتھ شہارس چانہِ بڑٲژ
کوٗت روٗدُس اِنتظارس چانہِ بڑٲژ

پان زوٗلُم عاشقن ہاٗوِتھ دِتُم
لول مے بوٗر لولہِ نارس چانہِ بڑٲژ

کیٚتُھ کمالا زان ییتھ بُجرس اندر
سال مے کوٚر لوکچارس چانہِ بڑٲژ

راتھ دوہ، دوہ راتھ روٗدُس سنٛز کران
پوش پھٔلرِم نوبہارس چانہِ بڑٲژ

مارکن منز بےٚ پزر باوان گوس
شوقہٕ کھوٗلم پان دارس چانہٕ بڑٲٹھ

کانٛہہ فرق اِدٕ ہِتھ نہٕ گژھِ زیر و زبر
دھیان مےٚ تھووٗم وہقارس چانہٕ بڑٲٹھ

صٲبرسؔ کیا شولہٕ ماران منز دِلس
مےٚ گٔرِم ارمان شُمارس چانہٕ بڑٲٹھ

☆☆☆

شعرن منز ہا وۄن گونماتن
گٔنزراوان یم دوہ کیٛو رٲژ
پٲدٕ ہا پانے کرِ نے ذاتن
رنگہٕ رنگہٕ آیس منز زۆ ذٲژ

☆☆☆

# ژھ

بشرس ہا گرژھِ ہاؤن پرژھ
وحدت سۍ پیٹھ تھاؤن پرژھ
ہوشس منز تھاو پنہٕ نُے پان
پنہٕ نی نا گرژھِ راؤن پرژھ
معنے کیٛا اِد مطلب کیٛا
یارن دوستن باؤن پرژھ
کارس بارس بڈٕ اکھ شوٗب
وتم شوٗبیٛا تراوِن پرژھ
پزرس پیٹھ گرژھِ تھاؤن پوٗر
پتھٕرِس نا گرژھِ پاؤن پرژھ
غفلت شفلت تراوِن دوٗر
نبٕدرے نا گرژھِ ساؤن پرژھ
دوہ راتھ صاؔبر روزُن پوٗر
خوش فہمی منز چھاوُن پرژھ



# س

شُبہٕ دُن مےٚ چھُم آنا بانا  دۄپمو بےٚ چھُس دانا بس
پھرٛ ستس ہیوٚر چھُم باسان شانا  دۄپمو بےٚ چھُس دانا بس

اصلی بوزِو کتہِ نا وتہِ نا  ییٚتہِ نا کانٛہہ چھُنہٕ کانٛسے دوس
بس مولا سُنْد چھُم اِحسانا  دۄپمو بےٚ چھُس دانا بس

دُشمن میأنی پتہٕ کتھ زاگن  بوٗڑھ لاگن یا ورِ ناون
زٕ چھُم پنہٕ نُے پنہٕ نُے جانا  دۄپمو بےٚ چھُس دانا بس

چاپا چیتھ ووٗنی دھیانس رٕ زِو  بوزِو اصلی ونہٕ ہوو راز
اسلم خانا اکبر خانا  دۄپمو بےٚ چھُس دانا بس

بوزِو بیسا کھ جیٹھس ہارس  لُکھ ہا کارس بارس مَس
بیٚہی بیٚہی ییٚتہِ اُکی دورمُت پانا  دۄپمو بےٚ چھُس دانا بس

فائِد کیٛا چھُم ئلۍ ملۍ تھیکہِ کیٛا  ازکل پکہٕ کیٛا لوکٹن ءستۍ
بڑِ نۍ بڑنۍ ءستۍ چھَم زانا  دۆپمو بۍ چھُس دانا بس

نقلی یَم ہا گیہِ روپہ تاٲنۍ  ہُوورِی ماٲنۍ یَم کم گے
پنہٕ نُے پانا چھُم استانا  دۆپمو بۍ چھُس دانا بس

میسر تھاوان چھُس جانانس  پانس نا چھُم پاتھان دام
میونُے اَسِتھ موے میخانا  دۆپمو بۍ چھُس دانا بس

نیٛچوِس خاندر ہا اوس ماٲس  گامس بأگر مأرتھ کھۄ
سرِ ثوبۆ تھے مےٚ تہِ کھنیِہ رانا  دۆپمو بۍ چھُس دانا بس

کتھ کرنس منزرُت چھُم آیا  بھایا مےٚ چھِم کم کم وَل
ژلراوان بُو چھُس طوٗفانا  دۆپمو بۍ چھُس دانا بس

عٲلِم اَسِن فٲضِل اَسِن کٲمِل اَسِن پتھ کیٛا گوٚو
کاںٛہہ کرِ نصیحت بہٕ تہٕ زانٛہہ مانا دۄ پمو بےٚ چھُس دانا بس

شانَن ہُنٛد مےٚ لوٚت گوٚو بورُے اِد کیٛا سورُے گوٚو اُدھار
مےٚ تہٕ ہا ترایو و عشقہٕ دُکانا دۄ پمو بےٚ چھُس دانا بس

پزرا مےٚ وۄن مےٚ آیہٕ شامتھ
یارو تامتھ مےٚ کھور راہ
کلہٕ سےٚ پیٹھ مےٚ تُل اسمانا
دۄ پمو بےٚ چھُس دانا بس

☆☆☆

فائیدٕ کیا چھُم ئلیٖ مٲلی تھیٚکہِ کیا　　ازکل پکہٕ کیا لوکٹٕن ءستیٚ
بڑِ نےٚ بڑِنےٚ ءستیٚ چھُم زانا　　دۄہمو بےٕ چھُس دانا بس

نقلی یٖم ہا گیہِ روپہ تاٗلنیٚ　　ہُووریِ مالنیٚ یٖم کم گے
پنہٕ نُے پانا چھُم استانا　　دۄہمو بےٕ چھُس دانا بس

میسر تھاوان چھُس جانانس　　پانس نا چھُم پاتھان دام
میوٗنُے اَستھ موے میخانا　　دۄہمو بےٕ چھُس دانا بس

نیٚچوِس خاندر ہا اوس ماٗمس　　گامس بأگُر ماٗرتھ کھٕ
سرِ ثوبوٗ تھےٚ مےٚ تہِ کھیٚیہِ رانا　　دۄہمو بےٕ چھُس دانا بس

کتھ کرنس منز رُت چھُم آیا　　بھایا مےٚ چھِم کم کم وَل
ژٕلراوان بُو چھُس طوٗفانا　　دۄہمو بےٕ چھُس دانا بس

عائلم أسن فائضل أسن     کائمل أسن پتھ کیٚا گوٚو
کانٛہہ کرِ نصحیت بہٕ تہٕ زانٛہہ مانا     دۄپمو بےٚ چھُس دانا بس

شانٛن ہُنٛدٕ مےٚ لوٚت گوٚو بورُے     اِدِ کیٚا سورُے گوٚو اُدھار
مےٚ تہٕ ہاترایوو عشقہٕ دُکانا     دۄپمو بےٚ چھُس دانا بس

پزرا مےٚ وۄن مےٚ آیہٕ شامتھ
یارو تامتھ مےٚ کھور راہ
کلہٕ سےٚ پٹھ مےٚ تُل اسمانا
دۄپمو بےٚ چھُس دانا بس

☆☆☆

# س

اندٕ وٕنٛد بأطل تراو تہٕ بس
پنٕہ نی ہمت تھاو تہٕ بس
پانا بر حق باو تہٕ بس
پنٕہ نی ہمت تھاو تہٕ بس

تس رۄس ییٚتہٕ ناچھنہٕ کانٛہہ یار
لۄکن ہر گز اتھٕ مو دار
گرِ رن پنٕہ نی پاو تہٕ بس
پنٕہ نی ہمت تھاو تہٕ بس

رُت بر گامس شہرس لول
اِدٕ بر کارس بارس لول
آلوٚژھ ہوٚکُن تژاو تہٕ بس
پنٕہ نی ہمت تھاو تہٕ بس

شوقن پنٕہ نٕے مٔنزل پراو
قدما توٚلِتھ میٚنتھ تژاو
قسمت ؤلی آزماو تہٕ بس
پنٕہ نی ہمت تھاو تہٕ بس

تس رۄس ییٚتہٕ کُس کرِ احسان
راحت ہاچھُے پنٕہ نٕے پان
مو کر کأنٛسے گژاو تہٕ بس
پنٕہ نی ہمت تھاو تہٕ بس

بتہٕ دِس ییٚلہِ ییٚہِ میادس چھاو
توٚت توٚت ہر گز مونٛگاو
رژھ کھنڈ دم شیہٕلاو تہٕ بس
پنٕہ نی ہمت تھاو تہٕ بس

نصیحت اکھ بوز یوٗگن پھیر     ہاو باوس مٔنز حدٕ مو نیر
یِی چھُے اَتی خرچاو تہٕ بس     پنٕنۍ ہمت تھاو تہٕ بس

صُبحن شامن دِپھ ہر آن     تھاوان پیٚتہِ گرٛھ قوچ شان
دلبری یا ترٛٹھ ہاو تہٕ بس     پنٕنۍ ہمت تھاو تہٕ بس

طمعہس لولا مُو بر زانٛہہ     تِگرٛم بأزی مُو کر زانٛہہ
حق مُو پنٕنۍ نُے کھیٛاو تہٕ بس     پنٕنۍ ہمت تھاو تہٕ بس

شمعہس ژٔلی دِو پوٚشرٕی گتھ     پن پن پنٕنۍ نُے پندرس کتھ
لُکہٕ ہُنٛد مو البساو تہٕ بس     پنٕنۍ ہمت تھاو تہٕ بس

وِزِ وِزِ أسن رُت تھوومن     بھایا موخصر صاؔبر بن
رٔتی سے پیٚتہِ بر چاو تہٕ بس     پنٕنۍ ہمت تھاو تہٕ بس



رُت آسہِ دھیانس روزان آس
نصیحت ہر وِزِ بوزان آس
رِزقس گوڈٕ گوٚو بسم اللہ
کھٔتھ چیتھ حُمداہ سوزان آس

# ش

یاد أسی سأری پاوَو آش
معنے مطلب باوَو آش

زِندِ ہا روزو واراہ کال
ذالتس پٹھ ییٚلہِ تھاوَو آش

مٔنزِلس واتو أخر کار
یلہٕ نا ہر گز تڑاوَو آش

سٔگراوو اِدٕ پھٔلراوو
گُل گُلزارا چھاوَو آش

عظمت برکت خوشحاٗلی
ہمدردَن منساوَو آش

گوڈٕ أسی پڑاوَو باغن سام
چمنن منز مُشکاوو آش

ییٚتہٕ نادانن تھاوو ہوش
کاٗنسے اتھِ نا کھیٚاوَو آش

باوٕنی نا چھنہٕ مجبوٗری
دِلہٕ سےٕ منز سمبلاوو آش

دمہٕ دمہٕ صاٗبر روزَو پوٗر
ہر دم أسی پربزناوو آش



# ش

رُت رُت سر شوٚبی شاباش
عٲلما پر شوٚبی شاباش

سٕدرس دوٚرے گوڑ وُچھ ووٚنت
تارس تر شوٚبی شاباش

زِندِ روزکھ منز سمسارس
لولا بر شوٚبی شاباش

مولا بخشی وُمبرا زیٹھ
دوہ دوہ در شوٚبی شاباش

وٕلی گژھ دُنیا پرٕ بزناوان
عقبیٰ سر شوٗبی شاباش

روشن تھاوان پنہٕ نُے ناو
کأما کر شوٗبی شاباش

فأنی ییتھ سمسارس منز
بن بہتر شوٗبی شاباش

صبرا تیُتھ ہیوٗ کر ایجاد
بن گوہر شوٗبی شاباش

☆☆☆

زان مزٕدار اکھ ملأیم آش
مانہٕ کھے میون تھاو دأیم آش
بوومُت کمٕی پزر چھُ سو فی صد
زندگأنی چھِ پوٗر دأیم آش

# ص

پڑاوو وتھ گرٛڈھِ آسنٕی خاص

باوو کتھ گرٛڈھِ آسنٕی خاص

اِخلاقا رُت ورتاوُن

شُہرت پتھ گرٛڈھِ آسنٕی خاص

زیٛنُن میٛنُن ہا گوٚو ٹھیک

برکت تتھ گرٛڈھِ آسنٕی خاص

آدم وٕنی تو کرِ کیٛا سوچھ

تسٕی پٔٹھ ستھ گرٛڈھِ آسنٕی خاص

ژٕ تہٕ بوز کُملیٛا وَو با وَو

آمژ دتھ گرٛڈھِ آسنٕی خاص

عشقس منٛز ییٚتہٕ طوطس ہأر

کرِ وٕنی گتھ گرٛڈھِ آسنٕی خاص

وٕنڈ آسُن گوٚو وٕنڈسےٕ منٛز

ٕترا زیٚتھ گرٛڈھِ آسنٕی خاص

صأبر کتھِ منٛز کتھ گیٕہ سوے

ہتہٕ منٛز ہتھ گرٛڈھِ آسنٕی خاص

# ص

با معنی دمدارا خاص
کتھ بوز دِل ہُشیارا خاص

دۄ پہے وٕنۍ ژۄل سوٚنتھ ہا آو
کر ہو کارا بارا خاص

سوٚمبرتھ کیٚا چھےٚ دِلہِ سےٕ منٛز
سوٚنچِتھ کر اِظہارا خاص

پزرا ییٚلہِ وۄن منصوٗرن
تیٚلہِ ہا وۄتھ گٹہٕ کارا خاص

دم تھو قآیم جتگن ہُنٛد
چھاوان گرٛدھ شیٚہجارا خاص

مئژِلس واتکھ موقس پپٹھ
قدمن تھو رفتارا خاص

دأیم روزی اِد مِلہٕ ژار
لولُک تھو باپارا خاص

رُبّا بےِ روزگأری دوٗر
رِزقُک اسہِ کر چارا خاص

صأبر صأبا عاشق بن
اِد ون عشقی شعرا خاص



ہتہِ منز ہتھ گرژھِ آءسنہٕ خاص
بأوتھ کتھ گرژھِ آءسنہٕ خاص
مئژِلس واتُن گرژھِ آسان
شیٖرتھ وتھ گرژھِ آءسنہٕ خاص

# ض

رُت اکھ شعرا بوزِو حض
دوس أسی واراہ بوزِو حض

کر ہو محنت مشقت پۄر
رُت گۄژھ کارا بوزِو حض

عشقُن عالم کُنہِ چھا أنتھ
گۄب چھُم بارا بوزِو حض

حأرانی منز پیٚو و اِنصاف
ییٚتہِ چھا عارا بوزِو حض

ہا افتابو کتہِ چھے زۄن
کاتہہ ماہ پارا بوزِو حض

آیِو مأدآنی بیٚیہِ ژۄل بألی
گۄو لوکچارا بوزِو حض

دعوت کرِ ہس یُن گوٗژھ یار
ژلہِ ہے خارا بوزِو حض

تھاؤوِ پنہٕ نُے روٗح بیدار
دِل ہُشیارا بوزِو حض

اتھٕ بُتھ چھٔلی تھے أسی کرہوس
زارا پارا بوزِو حض

شوقن بےٕ گُٕنگراوان چھُس
لوٚلچ تارا بوزِو حض

صاؔبر اکھ آو بیٚا کھا دژاو
یہِ چھُ سمسارا بوزِو حض



# ض

ٔستیٖ پانس رات دوہ تھاوان بیاض
شأعرس کم گیت چھُم باوان بیاض

منز زمانس آو کتہِ اِدِ ووت کوٚت
یاد ماضی پۆر لتس پاوان بیاض

أتھی خوشی منز راوراوان رات دوہ
محفِلن منز چھس یزت پڑاوان بیاض

شأعری ہُند ییٚلہِ کریٚس فرماش کانٛہہ
تیٚلہِ چھُ دٔستی بروٚنٹھ کُن تراوان بیاض

یام بوزان اِدِ یوان تِم ووٚلسنس
عاشقن ییٚتہِ مس مُدُر چاوان بیاض

کانٛہہ فرق دِپھ آسہِ ما زیرِ و زبر
بوز ووستادس چھِ مۄنزی ہاوان بیاض

محفِلا یامتھ چھِ گرماں پۄرِ پۄر
کیٛا ونے وا وا چھِ کیٛا چھاوان بیاض

ییٚلہِ نہٕ بوزبس کانٛہہ ووتھان نیران پکان
شاعرس گرِ تاں مۄشراوان بیاض

گاہ بے تابی منز گہے صابر بنان
پانہٕ راوان یام چھِس راوان بیاض



بخیلی یُسے تڑاوِ سُہ گوٚو فیاض
پزر صاف یُس باوِ سُہ گوٚو فیاض
کران پۄرِ محنت تہٕ ژوٚنٛز بچت
روپے پۄر خرچاوِ سُہ گوٚو فیاض



# ط

غلط بارسس ییٚتہِ اُنن گۆو غلط
یہِ نا شۆبہِ وقتس وُنن گۆو غلط

پزر آفتابا پزر گۆو شمع
نہَ مانُن تہٕ جاہِل بنُن گۆو غلط

یہِ ما گیہِ دیانت کرُن حق تلف
تہٕ سورُے بناوُن پنُن گۆو غلط

أتی ماز ژامن أتی کھُ کوکر
دۆیم کالہِ رُنن گۆو غلط

وُچھن أنہٕ گوڈنِ کرُن سونچ بس
ونو کیٛا بیٛیس نتہٕ سنُن گوٚو غلط

یہٕ ہا گوٚو مصیبت پھَسو أتھِ اندر
بیٛیس کیٚت تہٕ کرۄلا کھنُن گوٚو غلط

اِزن آسہِ تِمٕی سُنٛد تہٕ اِنکار چھا
مگر وقتہٕ بروٚنٹھے مرُن گوٚو غلط

تلا بوز یو گُن ژٕ ووٚنی صأبرا
دوٚپُم سرنہٕ روٚستے پرُن گوٚو غلط



# ط

لول باوان دم بدم باغِ نشاط
شاد تھاوان دم بدم باغِ نشاط

دۆرِ شۆبان لولہٕ کنہٕ چمنن اندر
پوش چھاوان دم بدم باغِ نشاط

دھیانہٕ رُوزان شانہٕ داران آدمس
آزماوان دم بدم باغِ نشاط

بول بوشا چھُم دِوان جاناوَرن
مۆ کھیٚاوان دم بدم باغِ نشاط

وٕلی انان ہوشس اندر چھُم صابرس
دھیانہٕ پاوان دم بدم باغِ نشاط

لول باوان دم بدم باغِ نشاط
شاد تھاوان دم بدم باغِ نشاط

☆☆☆

# ط

منز جہانس اِحتیاط
گوڈٕ چھُ پانس اِحتیاط

پٹھ زمینس تھاوِ گُس
آسمانس اِحتیاط

رُم گمژ اتھ آسہِ ما
تھاو بانس اِحتیاط

وأنسہِ روزی برقرار
تھاو شانس اِحتیاط

بھایہِ از کل گُس کران
غأر زانس اِحتیاط.

مارِ بے خبری اندر
کر طُفانس اِحتیاط

چھا یہِ ٹھہراں اکھ دما
کر زمانس اِحتیاط

زیوٚ یہِ ہا شمشیر چھےٚ
کر بیانس اِحتیاط

صائبرا بُجرس اندر
دِپھ جوانس اِحتیاط



زیوٚ ژےٚ ہا دِژنے اگر کر بولنس منٛز اِحتیاط
ہیوٚن کیٚنٛہ آسی اگر کر تولنس منٛز اِحتیاط



# ظ

أچھن منز دۆہُم عام تھاأوِو لحاظ
أتی شہر کیٚو گام تھاأوِو لحاظ

برابر مساأوی یہِ پھٔو دوہ تہٕ رات
رواں صُبح تاں شام تھاأوِو لحاظ

شُرِ ہن کیٚو بُزرگن تہٕ گوٚو أسی تھے
جوانن زِٹھبن تام تھاأوِو لحاظ

برابر یزت ہا کٔریو تھُہ سماج
ہتا ہیتھ نہٕ زانٛہہ خام تھاأوِو لحاظ

أتی شاد آباد روٗزِیوٗ مِزاج
گرِو پانہٕ آرام تھاۂوِو لحاظ

رُتُے اِبتدا اِدٕ رُتُے اِنتہا
رُتُے آسہِ انجام تھاۂوِو لحاظ

گرِو دوٗر نظرا تہٕ زاۂنو مُقام
بُزرگی ہیٖوٗ سام تھاۂوِو لحاظ

ہتا صاۂبرا رِشتہ ہا گوٚو پوٚزٕے
پٕتر آسہِ یا مام تھاۂوِو لحاظ



ڈٕسلس چھانس پرٕ ہا. وعظ
اِدٕ بیگانس پرٕ ہا وعظ
عٕلما حاۂصِل تیٚتھ سپدُن
گوڈٕ بُو پانس پرٕ ہا وعظ



# ع

وُ چھو قدرتھا کیٔیا چھُ باسان شمع
پھولان نۄر یامتھ چھُ تابانٕ شمع

یہِ نا گژھِ نہٕ راوُن تہٕ تیٚلہِ کیٔیا کرو
گرس منٛز یہِ سأمتھ چھِ تھاوان شمع

لبان چھُس بہٕ واراہ دِوان دھیان چھُس
خبر زن تہٕ کیٔیاہتام باوان شمع

یہِ مطلب یہِ معنے ڈٕیوٗ گتھ کرِنی
أتی پوٚنپرِس یاد پاوان شمع

بران لول واراہ رٹان ءستی ءستی
چھُ ما آدمس دۄر ترٛاوان شمع

لگان پۆر درکار وقتس ڈ یو
ونے ءکرٕ مِنت چھُ تھاوان شمع

یُتھے شام سپدان تہٕ لوسان دوہ
چھُ اوٗند پۆکھ أتی گاشراوان شمع

یێلے بند چھُ سپدان کران خأر کیٛا
تێلے نندٕرِ منز مَس چھُ ساوان شمع

کرُن زوٗل آسان یێلے صأبرا
چھِ دارٕن پیٹھن بأگروان شمع



# ع

یَیتہٕ اپُز باوُن منع پوٚز کھٕٹتھ تھاوُن منع

باغ چھاوُن لاَزمی پوش پُژراوُن منع

آسہِ رُت یِیٚلہٕ دِلبرا دوٗر تیٚلہٕ تراوُن منع

دشمنس یَیتہٕ بدلہٕ ہیوٚن چھُے ژٕتس پاوُن منع

موقعہ یوٚ دوے آسہِ غاَر پان چھُے ساوُن منع

ہوش تھاوُن برقرار ئلی مٔلی راوُن منع

کاَنسہِ نا زاگن حقس حق پٔتن کھیاوُن منع

ہر ذخیرا أسی تن گرِ یہ چھُے تژاوُن منع

مرنہٕ بروٚنٹھے صاَبرا پان سکھراوُن منع



پزر یام کھٹہِ کانہہ تمِس کوٚر منع

أتی چشمہ وٹہِ کانہہ تمِس کوٚر منع

تھوٗن دھیان اتھ دردِ باغس اندر

اگر پوش ژٹہِ کانہہ تمِس کوٚر منع



# غ

سِیاہ رات یوٗ دٕرِتی پاٹھۍ ڈلہِ ہے
صُبح پھولہِ ہے لولُک باغ
لالس جِگرس داغ ہا ژلہِ ہے
صُبح پھولہِ ہے لولُک باغ

وقتس رٕژ اکھ کاُما کرِ ہے
دوہ راتھ مُہیا تھوِ ہے ترٛیش
پربت شیٚنۍ ژادر ولہِ ہے
صُبح پھولہِ ہے لولُک باغ

دُنیا روشن وٕلی اِد گرٛژھِ ہے
اوٗ ند پوٗ کھ بنہِ ہے صاف شفاف
زوٗ ذات ہَوہس پیٛٹھ ہا پلہِ ہے
صُبح پھولہِ ہے لولُک باغ

دِلبر زٲری ہا گوٚژھ بوزُن
الہٕ پلہٕ ڈٔنجہِ گوٚژھ روزُن دِل
اِدٕ کونہٕ عشقُن دودا بلہِ ہے
صُبح پھولہِ ہے لولُک باغ

سمسارس منز دِل ہُشیارن
روٗح بیدارن ہرِ ہے شان
رحما کرِ ہے مولا سُلہِ ہے
صُبح پھولہِ ہے لولُک باغ

شبنم ءستی اتھٕ بُتھ چھلہِ ہے
گُل کونہٕ رنگہٕ رنگہٕ برِ ہے چاو
بُلبُل شوقن عطرا ملہِ ہے
صُبح پھولہِ ہے لولُک باغ

انسأنیت أسی وٲلی ہا سرٕ ہو
سبقا پرٕ ہو أسی مِلرٕار

دود شکر اِدِ پانے رلہِ ہے
صُبحے پھولہِ ہے لولُک باغ

گاٰمی شاٰعر یاشا پرِ ہے
قوٗچ خدمت کرِ ہے پوٗر
صاٰبر صبرا ہُر ہُر سرِ ہے
صُبحے پھولہِ ہے لولُک باغ

☆☆☆

# غ

ۂستی ۂستی بلہٕ ہن داغ
سوٚنتس سپنس ژلہٕ ہن داغ

چکرا کر ہو فِضھس مٔنز
یوٗ گُن ہو گُن ڈلہٕ ہن داغ

دِلبر دِیہِ ہے اکھ دیدار
خاکس ۂستی رلہٕ ہن داغ

پھُلیٚا چھاوان باغن مٔنز
دگہِ نِشہِ پھرا سلہٕ ہن داغ

شأدی ہُنٛد کرِ ہن اعلان
اِدِ ما زالا ولہِ ہن داغ

رژ اکھ عملاؔ سوٗنتس منٛز
شینِکی پأٹھن گُلہِ ہن داغ

خوشحأٲلی ییٚلہِ ہُر ہے آے
پتہٕ نا ہر گز پھولہِ ہن داغ

ز

أری پأری باون کس
پانے زیوِ ہا کلہِ ہن داغ

☆☆☆

تسٕی کُن گوڈٕ چھُس حمدُا سوزان
پتہٕ چھِنہٕ روزان جِگرس داغ
دِلبر دم دِتھ سِر ییٚلہِ بوزان
پتہٕ چھِنہٕ روزان جِگرس داغ

# ف

حالا باوَو صافُ شفاف
اۆند پۆکھ تھاوَو صافُ شفاف

باغن پنہٕ نبن باوَو لول
پھُلیا چھاوَو صافُ شفاف

کھیۆن آسہِ چۆن آسہِ تھاوَو دھیان
پلہِ أسی پاوَو صافُ شفاف

قصبن ، گامن، شہرن منز
ترٛیشا چاوَو صافُ شفاف

قومس باوَو قومُک حال
أنہٕ أسی ہاوَو صافُ شفاف

پن پن پنہٕ نُے دوگناوَو
اِدِ اَبساوَو صافُ شفاف

نظرن تل مےٚ چھُم ماحول
أسی مُشکاوو صافُ شفاف

کتھ أنژراوَو عملی طور
اِدِ اَزماوو صافُ شفاف

موٗخصر یی اِدِ زینو أسی
تی خرچاوو صافُ شفاف



# ف

بہٕ چھُس ونان صاف بے ادبی حض معاف
کتھِ دِیُن صحی ژاپھ بے ادبی حض معاف

پزرس وُچھو سۆد پۆز یُٖ أکی وۆن مۆد
دَے سہ چھا کنہِ بۆد ییٚلہِ ییٚلہِ مۆنگس رۆد
تیٚلہِ تیٚلہِ کۆرُن تاف بے ادبی حض معاف
بہٕ چھُس ونان صاف بے ادبی حض معاف

یسُے کھنان گنگ سُے چھُ کران جنگ
پتہٕ چھُس لگان ڈھنگ یم گیہِ تسِندی رنگ
زیادٕ گرژھنی پاپھ بے ادبی حض معاف
بہٕ چھُس ونان صاف بے ادبی حض معاف

کانٛہہ زن گٔریو فِر تِتھ نۂ گژھو ہِسر
بے موقعہ یِی یَس گٔر نیرتھ ژٔلبس ژٔر
کلس ٹھوکُس ٹاف بے ادبی حض معاف
بۂ چھُس ونان صاف بے ادبی حض معاف

زانٛہہ نۂ لاگُن اوٗ ژھ عنٛگلِتھ ژٔھنُن لوٗژھ
واراہ آسُن گوٚژھ گوٚش دِتھ ژٔ رٹھ کوٚژھ
پتۂ گوٚو ہاف بے ادبی حض معاف
بۂ چھُس ونان صاف بے ادبی حض معاف

دستار گنڈُن لورِ زُوے ییٚلہِ زن سورِ
پتۂ کُس ییٚتۂ ووٗنۍ ہورِ کامہِ ہٕنٛز ییٚلہِ ووٗنۍ پورِ
یکدم تراوٕنۍ ڈاف بے ادبی حض معاف
بۂ چھُس ونان صاف بے ادبی حض معاف

ژٔیرِ کُجہِ لاگان ہیر پٔپ پٔپ کھوٚوان ژٔیرِ
کھیٚنہٕ وِزِ لاگان شیر کامہِ وِزِ گرژھان زیرِ

یم گیہِ کرٕنی زاف بے ادبی حض معاف
بہٕ چھُس ونان صاف بے ادبی حض معاف

بُتھےِ یَس وسہِ روٗد بلاے گیٚس بوٗد
اۆر دوٗر سہ ما روٗد موخصر بوزِو موٗد
تسٕی بیوٗٹھ کوٗٹھن شاف بے ادبی حض معاف
بہٕ چھُس ونان صاف بے ادبی حض معاف

دُشمن کرِ کیٚا پتہٕ منڈنہِ گرٛھن وتہٕ
ٹیوٗک گرٛھِ کرُن رتہٕ گرِ مہٕ اٚسِن بتہٕ
دروجُن گِندُن گاف بے ادبی حض معاف
بہٕ چھُس ونان صاف بے ادبی حض معاف

اکھ تہٕ اکھ گیہِ کاہ گیہِ کتھاہ واہ
گدا بنان شاہ ظٲلمس گرٛھان پراہ
وونی گُس دِیو لاف بے ادبی حض معاف
بہٕ چھُس ونان صاف بے ادبی حض معاف

یُتھ نہٕ ہیٚو پۄت کھیٚون نہٕ ہر گز تۄت
بور ییٚلہِ زن کھۄت قدم تُلن لۄت
نتہٕ چھہِ پھوان ناف بے ادبی حض معاف
بہٕ چھُس ونان صاف بے ادبی حض معاف

کیٖژو اَتھے مُری گانن سیٚدیایے گُری
دین کم کم تھُری خاربن اژان شُری
ییچھ ییٚلہِ کران واف بے ادبی حض معاف
بہٕ چھُس ونان صاف بے ادبی حض معاف

ژہمہِ تامتھ پۄر جنت جہنم سۄر
حساب یۄدوے کۄر فکرِ سُہ کس تۄر
سُہ گس تجوو گراف بے ادبی حض معاف
بہٕ چھُس ونان صاف بے ادبی حض معاف

تھۆد ووتھ بٔڈِھ بۆلتھ اپُز ژھٕنُن ڈۆلِتھ
دِلہٕ ہن پنٕنۍ کھۆلِتھ کتھا کرِنۍ تۆلِتھ
زانِہہ نہٕ کرُن پراف بے ادبی حض معاف
بہٕ چھُس ونان صاف بے ادبی حض معاف

کتھ اکھ بوزِو شۆنٹھ گۆژھ نہٕ لاگُن ڈۆنٹھ
دود حض جِگر کھونٹ جأبر تِم گٔیہِ برونٹھ
صأبر کۆرُکھ آف بے ادبی حض معاف
بہٕ چھُس ونان صاف بے ادبی حض معاف



تس کیٚا غما رُت یُس پرٚژھِ
قُدرت کیٚا گٔے بوزِو صاف
بابا ذاتس ٹوٚٹھ یُس گرٚژھِ
غلطی شلطی کریس معاف



# ق

حرفن چھُ سنان عاشق
معنی چھُ ونان عاشق

رٕژرٕچ تھوان اُمیدا
ہیرو چھُ بنان عاشق

معشوق ییٚلہِ یوان زانٕہہ
نعمٕژ چھُ رَنان عاشق

اگے مزاج تھاوان
اگے چھُ بسان عاشق

باوان پزر ہمیشہ
کوٕتِس چھُ کھسان عاشق

لاگان بۆڈھ چھُ تونتل
کوچن چھُ نڑان عاشق

مأدان پتھ چھُ تراوان
بالن چھُ کھسان عاشق

مُستی اندر یوان مُنڑی
زالس چھُ پھسان عاشق

دِل ہا چھُ تمبلاوان
کم گیت گوان عاشق

صأبر بنان یامتھ
پالیس چھُ پیوان عاشق



# ق

گرٛھ گٔنٛزراوان جُف یا طاق
اِدِ گرٛھ باوان جُف یا طاق

وِزِ وِزِ ذالتھ منگ احسان
پلہِ گرٛھ پاوان جُف یا طاق

زۆ ذأژن مےٚ گٔر گنتی
یاد گرٛھ تھاوان جُف یا طاق

زنمس یِنٛ چھا پانس تام
پتہٕ ہا راوان جُف یا طاق

وٕنی دیٖو پوشن باغن مثر
اِدِ گرٛھ چھاوان جُف یا طاق

رنگہٕ رنگہٕ واراہ دپھ سمسار
موٚ چھُم کھیٛاوان جُف یا طاق

مولا اسہِ مِلہٕ ژارُک جام
بُرٕ بُرٕ چاوان جُف یا طاق

معنے مطلب اکھ اُستاد
چھُم سمجاوان جُف یا طاق

پن پن صأبر کتہٕ ناوان
اِدٕ ابساوان جُف یا طاق



رقما کم یا زیادٕ کس باسہِ
غأبس ءستی کُس کرِ الحاق
صُندقس منٛز مے کینٛژھا آسہِ
نیٛبری کُس ونہِ جُف یا طاق



# ک

بد ییٚتہٕ وارا، وارا نیک
ژٕ ہا چھُکھ روٗح بیدار نیک

مشرق مغرب دپھ ہر سوٗ
ہر کانٛہہ دِل ہُشیارا نیک

اسمانہٕ ہیوٚر یا پیٛٹھ بُترٲژ
پرٕ بزلان زن ماہ پارا نیک

قدرت تٔمی سٕنٛز بڈٕ کاٗژا
چھاوان ییٚتہٕ لوکچارا نیک

مےٚ لوٚب ہر وِزِ سمیس منٛز
کرُون کارا بارا نیک

میٚنتھ توٚلِتھ کتھِ منٛز کتھ
یہِ ہا چھُے رُت اِظہارا نیک

ہِسر اکھ بوزِو پننہٕ نی دڑے
ہرگز چھُنہٕ بے عارا نیک

مشوٗرٕ کرنُے ییٚلہِ آسی
آسُن ہا گژھِ یارا نیک

صأبر غزلا ییٚلہِ باوان
بوزان ہا چھُم شعرا نیک



# ک

رفتارس منز بن چالاک
گُفتارس منز بن چالاک

منز لس کُن کر نظرا پوٗر
سمسارس منز بن چالاک

تن تھاو من تھو صافُ شفاف
کارس بارس منز چالاک

رُت رُت حاصِل کر عٔلما
لوکچارس منز بن چالاک

عشقکُ لولُک عالم سر
بایارس منز بن چالاک

کتھِ منز کتھ چھےٚ دھیانس روز
اِظہارس منز بن چالاک

پھل کیٛا نیرِہس مسلس سن
اقرارس منز بن چالاک

جائزِ ہا چھےُ لۄب روزُن
گٹہٕ کارس منز بن چالاک

تی پرٕ یی باسی شایان
اخبارس منز بن چالاک



صاف تھاوکھ ژٕ تن نظر چھےٚ ٹھیک
ڈنجہٕ آسی یہِ من نظر چھےٚ ٹھیک
میٛانہِ ونہٕ ٹک یہِ مانہِ مطلب بوز
ہرشنہِ تارکھ ژٕ پن نظر چھےٚ ٹھیک



# کھ

دپان چھُس جوانس اگر میون بوزکھ
ہُر بر کر ژٕ شانس اگر میون بوزکھ

لبکھ کامیأبی ڈٕتھ کر مقابل
شِکس دیٚو طُفانس اگر میون بوزکھ

روان محفلن منز مُقاما ژٕ پڑاوکھ
ہِشر تھو بیانس اگر میون بوزکھ

ژٕ بر لول رِزقس تہٕ پانے کماوان
أتی شیر بانس اگر میون بوزکھ

غمن منز بٔنِیس یِیتہِ بچاوان بچاوان
ژٕ تھو ہوش پانس اگر میون بوزکھ

دِلُک راز باوُن چھِ بٔڈ بارِ غلطی
مَہ ون غأر زانس اگر میون بوزکھ

رُتےُ پر ژِ سبقا رژے کر ژِ عملا
رُتےُ پاو دھیانس اگر میون بوزکھ

بشر آدمس کُیت فسانا چھُ دُنیا
ژِ سن داستانس اگر میون بوزکھ

کرو کیٚا اگر نا ژےٚ مشورِ دِیِ کانٛہہ
تہٕ پرٛژھ پاٗنی پانس اگر میون بوزکھ

خد و خال واراہ لبکھ بال واراہ
نظر کر جہانس اگر میون بوزکھ

ژِ بن کوٚت صاؔبر یہِ نا توتہِ ٹھہری
مہٕ ون کینٛہہ زمانس اگر میون بوزکھ



ہنگہٕ منگہٕ مسلس سنہِ کیٚا بیٚاکھ
ہُٹہٕ مُٹہٕ دانا بنہِ کیٚا بیٚاکھ
رُت کیٚا گرژھِ وُچھ پانس کُیت
اتھ مژ مشورٕ ونہِ کیٚا بیٚاکھ

# گ

تمۍ سٟنٛزِ قدرت واراہ رنگ
بے شک وحدت واراہ رنگ

باغن منٛز پھٔلراوان گُل
اِد وُچھ فطرت واراہ رنگ

ییٚلہِ یِژھ أخر بخشان سُے
رِزقس برکت واراہ رنگ

کُنِزس منٛز دِپھ کُن أسِتھ
پیٚہم شہرت واراہ رنگ

قدرت تھٕز اسمانن تام
کأژا عظمت واراہ رنگ

نفس تھاوٕنی ذمہٕ دأری
محنت مشقت واراہ رنگ

ذأژن مٔز کر تڑوُن رۄُح
حدٕ رۄس فرصت واراہ رنگ

حمدا پرٕ سَہ بخشان گۄو
غم یا فرحت واراہ رنگ

صأبر صاَبا اِدٕ پرٕ شعر
گوڈٕ کر پربزنتھ واراہ رنگ



# گ

سبٚزار پزرا ذالتس منگ
سوزی بجرا ذالتس منگ

مُشکل سپدن وٗلی آسان
رٕژ کر نظرا ذالتس منگ

صالح عملن رُت انجام
سوٗخنن اثرا ذالتس منگ

کالاکأری تلٕو تھٕے تھاو
مٔستی مژرا ذالتس منگ

دھن دولت مبقدارس مثز
شانس تھزرا ذالتس منگ

قدرت تھٔز اسمانن تام
کأژا عظمت واراہ رنگ

نفس تھاوِنی ذمہٕ دأری
محنت مشقت واراہ رنگ

ذأژن مٔژ کر تژوُن رۄٗح
حدِ رۄس فرصت واراہ رنگ

حمدا پرٕ سہٕ بخشان گوٚو
غم یا فرحت واراہ رنگ

صأبر صأبا اِدٕ پرٕ شعر
گوڈٕ کر پرٕ بنتھ واراہ رنگ



# گ

سبزار پزرا ذاتس منگ
سوزی بجرا ذاتس منگ

مُشکل سپدن وٕلی آسان
رِژ کر نظرا ذاتس منگ

صالح عملن رُت انجام
سوخنن اثرا ذاتس منگ

کالاکاری تلٕی تھے تھاو
مٕستی مژرا ذاتس منگ

دھن دولت مبقدارس مژ
شانس تھزرا ذاتس منگ

بوزن سأری سپدن شاد
شعرن بجرا ذاتس منگ

مئزلس واتکھ اِد رٕتی پأٹھی
آسان سفرا ذاتس منگ

قأیم تھاوان افتابس
ویہِ وُن تژرا ذاتس منگ

صأبرٕ بوزَو کأتیاہ شعر
لیٚکھُن نژرا ذاتس منگ



وأفر ییٚتہِ أس تژیشا خلقن
جاناوار أسی گیوان راگ
شہرس آب اوس آسان نلکن
گامن مئز أسی وُزان ناگ



# ل

منزٕ

تو ملس کنہٕ بہٕ ژارس | یارس پنہٕ نِس بےٕ کرِ سال
کو کرا مارس بطُھنا مارس | یارس پنہٕ نِس بےٕ کرِ سال

بأوتِھ تھاوس درشن دِیہِ کر | پِیہِ کر ذٕستی تھاوِہم نیب
اپُزا کرِ کیا فِکرے تارس | یارس پنہٕ نِس بےٕ کرِ سال

سوزا سازا سورُے بوزَو | اکھ أکی سےٕ أسی روزوٕستی
وعدا دیُتُمت چھُن لو کچارس | یارس پنہٕ نِس بےٕ کرِ سال

فرصت از چھابےٚ چھُس مأنتھ | زأنتھ کوتاہ گرِی تن ژریہ
اِد وونی ہمتھاہ بہٕ تہٕ ماہارس | یارس پنہٕ نِس بےٕ کرِ سال

موخصر موخصر درشُن دِی تن | یِکی تن آرو شارو مٔنژی
تھکہِ یِیلہِ ذٕستی شانہٕ بہٕ دارس | یارس پنہٕ نِس بےٕ کرِ سال

پیتہٕ ہابنہٕ وُن وتہٕ منز ڈلہِ ما ژلہِ ما موٹر کارے منز
سائیکل ہتھ بُو پیتہٕ پیتہٕ لارس یارس پننہٕ نِس بےٕ کرِ سال

صُبحے سحرس روزس پژارن ژھارن گارن شہرس منز
لالچوک بڈشاہ برجِ بُو پژارس یارس پننہٕ نِس بےٕ کرِ سال

گبہٕ نابوزَ ویوٚ ژھ مےَ ذاتن کالے واتن سازندر
صُبحے ہا دِمہٕ بُو اخبارس یارس پننہٕ نِس بےٕ کرِ سال

لولا بے بس باوس ساتھا پژارس شیہٕلِس بونے تل
پٕہرا بیٚہہِ مو ویرِ شیٚہجارس یارس پننہٕ نِس بےٕ کرِ سال

بُجرس منز ووٚنی پالیس پیٚومُت رومُت دِل مےٚ سپدہم شاد
گُل تہٕ گُلزار سپدہم نارس یارس پننہٕ نِس بےٕ کرِ سال

وأقف ییٚتہِ کُس عٔلمِ غائبس صأبر صائبس ہا لوٚتہِ بوس
کن مےٚ تھاوہم شعرس شعرس یارس پننہٕ نِس بےٕ کرِ سال



# ل

کم مصیبت چھُ یاد پاوان دِل
سہل مشکل لگے بناوان دِل

ییٚلہِ یڑھان دُشمنس چھُ وتہِ ڈالان
ہَے مگر مئژی چھُ پانہٕ راوان دِل

لولہٕ مئزلِ سُہ کوٚت اَسِن دوٗر
وتھ کوہو پیٹھی چھُ صاف ہاوان دِل

باوِ ہے بوز ییٚلہِ نہٕ بوزہِس کانْہہ
پأنی پانس چھُ راز باوان دِل

اند کُنتھ ییٚلہِ بیٚہان تھٔکِتھ لوٗسِتھ
راوٕمژٕ وتہٕ چھُ یاد پاوان دِل

کانْہہ کتھا ییٚلہِ نہٕ ووٚنی گژھِیس برداش
پوٗر جِگرس چھُ داغ تھاوان دِل

بے وفائی اگر کریس دِلبر
یارِ مژِ ماز اِ چھُ کھیاوان دِل

ییلہِ گژھان پانہٕ وأنی چھُکھ ان بن
زہر جِگرس چھُ دامہٕ چاوان دِل

لال ژھاران کران چھُ ہمت ءکرٕ
لولہٕ سٔدرس ووٹھا چھُ ترٛاوان دِل

بوز وأنج سہ کر گژھان چھس ٹھنڈ
دُشمنس گوڑٕ چھُ بدلہٕ ہیاوان دِل

صأبرس صبر یام موکلیوو بس
موتہٕ مس ننہٕندرِ اِ چھُ ساوان دِل



عالمِ انسأنیت پتہٕ اکھ کمال
عالمِ روحأنیت پتہٕ اکھ کمال
گژھ دُچھان امہِ اور برتر بے مِثل
ذاتہٕ سٕنز وحدأنیت پتہٕ اکھ کمال

# م

ہُتہِ وُچھ خاندر ییٚتہِ وُچھ غم  ییہِ چھُ حأرأنی ہُنٛد عالم
حأران زیٖرک ییٚتہِ کم کم  ییہِ چھُ حأرأنی ہُنٛد عالم

رنگہٕ رنگہٕ کأتیاہ بدلیاے باب  گاہے گاہے کھوٚت سہلاب
گاہے بُتراَژِ پیٹھ پھٹِ بم  ییہِ چھُ حأرأنی ہُنٛد عالم

اکہِ اکہِ دوشوٕنی مے کوٚرفون  بھایو ییلہِ نا مشوٗرٕ مون
اِدٕ حالاتھے گییہِ برہم  ییہِ چھُ حأرأنی ہُنٛد عالم

بروٗنٹھے ناچھُنہٕ بوزان کانٛہہ  آخر ییٚتہِ چھُنہٕ روزان کانٛہہ
موخصر فأنی چھُے سر ہم  ییہِ چھُ حأرأنی ہُنٛد عالم

سیٖنس منٛز وِپرٕاوان گن  لوکچارس أسی ہیرو زن
بُجرس منٛز ژاو کمبرس خم  ییہِ چھُ حأرأنی ہُنٛد عالم

کھیٚنہٕ چیٖزن منٛز بدعت ءِ کتی  رل ییٚتہِ سُیر گوٚ وتو ملس ءِ ستی
دود گوٚو آبس ءِ ستی زم  ییہِ چھُ حأرأنی ہُنٛد عالم

ذاتن پرٕ نا زانہہ پوُوٗکھ     گٔمِلیو زیوٗن ییٚلہِ خرچوُوٗکھ
کأہل یارو ییٚتہِ ژھأری لم     یہِ چھُ حأرأنی ہُنٛد عالم

رُت اوس آدم اسہِ کوٚر ناز     پتھ گوٚو خدہٕ زانان راز
أکی لوگ خرقہٕ بےٚ چم چم     یہِ چھُ حأرأنی ہُنٛد عالم

مألک کرِ ہے اسہِ آباد     اصلی داتا ما کوٚر یاد
لوٗکو لوٗکن کوٚر سرخم     یہِ چھُ حأرأنی ہُنٛد عالم

چشمن مژ اسہِ ما تھوزان     وُچھٕ ہو ییٚتہِ کیٚا کیٚا سپدان
ہُتہِ گوٚو ونہٕ وُن ییٚتہِ ماتم     یہِ چھُ حأرأنی ہُنٛد عالم

شعرن پنہٕ نبن پژاوان دُھن     قدما قدما مٔژلِس گُن
صأبر صأبا دِیوٗ ہم ہم     یہِ چھُ حأرأنی ہُنٛد عالم



# م

عأشا کر ہا صُبح و شام　　دۄ پہے زندٕ گژھی روزِن تام
یتھ سمسارس ہیمہٕ ہا سام　　دۄ پہے زندٕ گژھی روزِن تام

اولادن بو ہیمہٕ ہا ہتھ　　گرِ بارِنم ہکھ پُشرأوِتھ
ڈۄ کھ دِتھ کرِ ہا بہٕ تہِ آرام　　دۄ پہے زندٕ گژھی روزِن تام

بے جا مسلا اکھ بے ہۄد　　ظألم ذٔستی گژھِ نا بۄد
اِنصافا بُو کر ہا عام　　دۄ پہے زندٕ گژھی روزِن تام

ماحول رٔژھراوُن چھاعأب　　موم جام کرِہن مۄلے غأب
وُچھٕ ہومےٚ تہِ مادِن انعام　　دۄ پہے زندٕ گژھی روزِن تام

امہِ ہُر سورُے کھیمہٕ ہا بُو　　ماجہِ ہُنٛد حصہٕ ہا ہمہٕ ہس بُو
گرِ ژٔلراون بۄڈ ہیۆ مام　　دۄ پہے زندٕ گژھی روزِن تام

مُشکل سفرا واراہ زیۆٹھ　　شہرُک وأریۆ واراہ کریۆٹھ
مالیُن گژھِ ہا بیٚیہٕ بُوگام　　دۄ پہے زندٕ گژھی روزِن تام

روغن جوشا یا گُشتاب بیٚا کھا کھٔبے تن نانُ کباب
یہٕ ہا کھیٚمہٕ ہا کھادِیہٕ کُس پام دۄ پیمے زندٕ گرٕژھی روزِن تام

سۄنچان ہیٚیہٕ چھُس رُت اکھ کار سرٕکن دِمہٕ ہا ہیٚیہٕ وُسجار
پیتہٕ کتہِ درِ ہے ٹریفک جام دۄ پیمے زندٕ گرٕژھی روزِن تام

کھٔتھ چیتھ سپدان چھُس بیمار بُجرس نا چھُنہٕ روزان سار
باوُن اوُسم ہیٚیہٕ کیا ہتام دۄ پیمے زندٕ گرٕژھی روزِن تام

سب سے بڈٕ اکھ نعمت میٹھ رُب گوٚژھ بخشُن وُمبراز ہیٹھ
صبرُک لبہٕ ہا بُو انجام دۄ پیمے زندٕ گرٕژھی روزِن تام



سون گرُن چھُنہٕ پانس تام
دم برُن چھُنہٕ پانس تام
نوزُک یتھ سمسارس منز
زیوٚن مرُن چھُنہٕ پانس تام



# ن

رحم کرُون بدۆن گرٛدھِ آسُن
پوٛنسہٕ اَسِتھ سکوٚن گرٛدھِ آسُن

پڑاو بُجرس اندر سبٹھاہ نرمی
منٛز جوٲنی جنۆن گرٛدھِ آسُن

شین ہا پیٚیہٕ وٚندس فکر مو کر
ڈاڈٕ یٚکلس ستۆن گرٛدھِ آسُن

جب پٔنُن گرٛدھ رچھان دوہس شوقن
رٲچھی رالتس تہٕ ہوٚن گرٛدھِ آسُن

ہا خدایا ژٕ سوز ییٚلہٕ سوزکھ
نعمژن ہستی نۆن گرٛدھِ آسُن

صُبح شامن رُنن رزِق ییٚلہِ کھیٚو
سیٚود مژھن ہُنٛد یہِ خۄن گژھِ آسُن

مول موجا شفیق کیٚو در دِل
ہمدرد زنہِ تہِ رۄن گژھِ آسُن

وُوری سُوِ نا یہِ گیہِ سٕرٛس ڈیوٹی
لیف برنس تہِ دۄن گژھِ آسُن

مغزیاتن اندر سُہ گوٚو بادام
ستیٚ برُزُل یہِ ڈۄن گژھِ آسُن

اہرٕ بل بھایہِ ییٚلہِ وُچھن آسی
رٕتھ مگر میی تہِ جون گژھِ آسُن

صأبرا باوِ ییٚلہِ پزر شأعر
تیٚلہِ سُہ وأنٛجہِ گرۄن گژھِ آسُن



# ن

چھُنہٕ کانٛہہ زیر و بم پوشان — رِکبرس نا چھُنہٕ دم پوشان
دَر ہٲم نَے برہم پوشان — رِکبرس نا چھُنہٕ دم پوشان

نَے چھُس من نَے کن آسان — نَے چھِس ان نَے پن آسان
وِیہِ وُن نا عالم پوشان — رِکبرس نا چھُنہٕ دم پوشان

خٲبی کُنہِ عنوانس منز واتان — ییٚلہِ موے خانس منز
تتہِ نا جامِ جم پوشان — رِکبرس نا چھُنہٕ دم پوشان

آفت ہا چھُس سپدان بۄد — سورُے سپدان چھُس بے ہۄد
نَے چھُس چم نَے خم پوشان — رِکبرس نا چھُنہٕ دم پوشان

زٲنِتھ مأنِتھ وآرانی — پانس رِکژھ بس حٲرانی
سُکھ نا چھُس سرہم پوشان — رِکبرس نا چھُنہٕ دم پوشان

بِلکُل اتھ چھُنہٕ گواہا کانٛہہ — دأدِس اتھ چھُنہٕ دوہا کانٛہہ
زخمن نا مرہم پوشان — رِکبرس نا چھُنہٕ دم پوشان

سوٗنچان گاہے واتان لار     واپس پھیران واتان دار
موٗڈٕے چھُنہٕ محکم پوشان     رِکبرس نا چھُنہٕ دم پوشان

گٲری گٲری روزان کوندے اٰم     نصیحت اتہٕ نا کرنےٕ کاٰم
دانا چھِنہٕ کم کم پوشان     رِکبرس نا چھُنہٕ دم پوشان

پوٚز پوٚز باوُن چھا کانٛہہ عاٰب     زیٚنتھ میٚنتھ برکت غاٰب
روپین ہُنٛد نا لم پوشان     رِکبرس نا چھُنہٕ دم پوشان

نَے چھُس دِلبر یارا کانٛہہ     نَے چھُس بےٚ سُنٛد عارا کانٛہہ
نَے چھُس پنہٕ نُے غم پوشان     رِکبرس نا چھُنہٕ دم پوشان

نرمی کیٛا گیہٕ چھِس باوان     مام چھِس پنہٕ نی سمجاوان
انور نَے اسلم پوشان     رِکبرس نا چھُنہٕ دم پوشان

ونہٕ ہس اکھ تہٕ اکھ گیہٕ کاہ     صاٰبر اتہٕ نا چھُنہٕ مُجرا
جاٰبر چھُس تاہم پوشان     رِکبرس نا چھُنہٕ دم پوشان



# ن

راتھ دوہ ییٚتہٕ عالمس روشن زمأنی أسی تن
نۆو ؤری رٕژ زندگأنی شادمأنی أسی تن

ہر طرف آباد واراہ سپدِ ہے بُترات سأنی
صد مبارک باغوانس باغبأنی أسی تن

بوز کُملئیا کامہٕ کوچہٕ مژ اکھ أکِس ییم ہو بکار
بے بہا ییٚتہٕ دوسدارن آن مأنی أسی تن

مامے محبت لول اُلفت پژاوِ ہے دٕستی بجر
دوس دُشمن اکھ أکِس ووٚنی یارِ جأنی أسی تن

دوکھہٕ بأزی چال بأزی یا بدعت کتہٕ روزِ ہن
شولہٕ ماران ییٚتہٕ بُلند کردار سأنی أسی تن

مٔز نشاطن شالہٕ مأرن سبزٕ زارن مٔز عیاں
شوقہٕ سان بُلبُل کران یِیٚتہِ نغمہ خوٲنی ٲسی تن

دِل تہِ پھولہٕ ہن گُل تہِ پھولہٕ ہن شادمان گرٛژھِ ہے ضمیر
دوسدارن بس سدا شیٖریں بیاٰنی ٲسی تن

ہر سمت اِخلاقہٕ مالا مال گٔرژھی سپدٕنی صحی
یِیٚتہِ بُلند تأیید یارن آسماٰنی ٲسی تن

مشرق و مغرب تیٚلے پیغام پزٕ رُک وتہِ ہے
صاٰبرٕنس شعرن رواٰنی گُل فِشاٰنی ٲسی تن



زمانا سرٕن گوٚژھ یہِ بروٚنٹھے جوان
عمل رٕژ کرٕن گوٚژھ یہِ بروٚنٹھے جوان
أتی زانہِ ہے پۄر وحدت چھِ کیٚا
عٔلِم تیٚتھ پرٕن گوٚژھ یہِ بروٚنٹھے زجوان



# ں

پزر لوٗکھ باون مے نا چھُنہٕ بیہاں
تہٕ بأطل مٹاون مے نا چھُنہٕ بیہاں

کرٕن رز و بجلی کنن گوم تی
أتی گاش ہاون مے نا چھُنہٕ بیہاں

جہیزس کرن لوٗر ہبتھ لار ووٕنی
بدعت پیٹہٕ ہٹاون مے نا چھُنہٕ بیہاں

دپان یارٕ اوٗ ند پوٗکھ تھوَو پاکُ صاف
صحت ووٕنی بناوَو مے نا چھُنہٕ بیہاں

أتی آبِ کوثر پھِرن وونی یپأری
صفا تژلیش چاون مےٚ نا چھُنہٕ بیہٚاں

بہٕ ونہٕ ہا صداقت مےٚ ما ڑِن رٕٹِتھ
پٔتو یلہٕ مےٚ تژاون مےٚ نا چھُنہٕ بیہٚاں

ژٹان یِیٚتہٕ چھِ بالن انان وأٔلی وأٔلی
تہٕ ژٔوی کوہ بناون مےٚ نا چھُنہٕ بیہٚاں

دپان موم جامس تدارُک کرن
سمے ڈٔنجہِ تھاون مےٚ نا چھُنہٕ بیہٚاں

مِٹاون یہِ ژِن شن تھون صاف دِل
تہٕ جِشناہ مناون مےٚ نا چھُنہٕ بیہٚاں

دپان گام سأری وَ ماڈل بنَن
شہر تاں سجاون مےٚ نا چھُنہٕ بیہٚاں

کرن لُکھ خرچ وونی برابر روپے
تہٕ ژوہنۍ بچاون مےٚ نا چھُنہٕ بیہاں

صبر یێتہِ چھُ کوتاہ اَمِس صأبرس
تہِ وونی آزماون مےٚ نا چھُنہٕ بیہاں



علم یێتہِ چھُ اِخلاقیت گأشراں
شرافت چھِ اِنسأنیت گأشراں
برابر یمن عشقہٕ بابن اندر
ندامت چھِ روٗحأنیت گأشراں



و

اول خأر پانس خدایس منگو
رُتےُ رُت جہانس خدایس منگو

مےٚ چھُم راتھ دوہ نفسِ ظاٗلم پتے
بتاہ شیرِ بانس خدایس منگو

عطا ییٚتہِ زمینس چھِ پُستی پنٕنۍ
تھزر آسمانس خدایس منگو

کرو أسی بُزرگن رُتےُ رُت سلوٗک
تہٕ میچھر دہانس خدایس منگو

تھوَو پۆر اخلاق کِردار أسی
روأنی بیانس خدایس منگو

تھوَو نیک نیت انو دِل بجا
دریڑ دوستانس خدایس منگو

سدا رحمتس أسی چھِ اُمیدوار
تدارُک طُفانس خدایس منگو

رحم کر ژ چھُکھ الرحمُ الرحمین
گرِڑھو آستانس خدایس منگو

صبر صابرَس مال دولت سبھاہ
ہُرہر أتھی خزانس خدایس منگو



و

تارِ سٕدرس چھِ یارِ تاران زیوٚ
مار اٹہٕ بار مٔنزی چھِ کھاران زیوٚ

دِل کران خوش چھِ مٔنزی تہٕ مٔنزی کیٛا کیٛا
ہارِ ناوان چھِ خوٗنِ باران زیوٚ

نعمتھا دوٗرِ آسہِ کانٛہہ ہرگاہ
زیوٚ برابر گزس چھِ داران زیوٚ

وُنہِ اپُز کانٛہہ تہِ أسی تن رُستم
واد کرنس چھَ مایہِ پڑاران زیوٚ

ووٗنی اگر ہیٛیہِ یہِ پوٗر مغزن کأم
کیٛا وونے موٗختہٕ تیٛلہِ چھِ ژاران زیوٚ

وعدٕ کۆرمُت تہٕ بێیہِ کرُن اِنکار
پتھ پھِرنی چھا یہِ کوہِ ماران زیۆ

خوش گرٕھیس یی ونان چھِ سمیس مٕژ
اٰخرتہٕ بوز تتہِ چھِ تھاران زیۆ

آدمس آسہِ ہے علم یۄتاہ
بوز تیۄتاہ یہِ ژھوہ چھِ ماران زیۆ

صأبرس ییٚلہِ گرٕھان کنن گُلریز
لولہٕ سازس چھِ تارٕ چاران زیۆ



سأمتھ ہا گرٕھِ تھاوٕنی ناو
طوٗفانس بچراوٕنی ناو
واوس گوڈٕ وُچھ روخ کوٗگن
سٔدرس اِدٕ گرٕھِ تراوٕنی ناو

# وُ

نامِ اللہ پرِ کُکلِی کرِ کُکلِی کوٗ کوٗ
دیٖنُ دُنیا سرِ کُکلِی کرِ کُکلِی کوٗ کوٗ

شالہٕ مأرن پوش چھاوان کوٗہسارن گتھ کران
شوقہٕ لولا برِ کُکلِی کرِ کُکلِی کوٗ کوٗ

لولہٕ پرٕزُک پرِ سبقا تھاوِ سأمتھ با حساب
لال حرفن جرِ کُکلِی کرِ کُکلِی کوٗ کوٗ

ویرِ شہُلا پوٚر چھاوان راز باوان صاف صاف
پاک ذاتس ڈرِ کُکلِی کرِ کُکلِی کوٗ کوٗ

بنہٕ صأبر کرِ عیدا ڈالہٕ ماران روف کران
روزٕ شوقن درِ کُکلِی کرِ کُکلِی کوٗ کوٗ

☆☆☆

وتن پیٹھ چھہِ سأیِل خدایا عفوٗ
بنیٚمتی چھہِ کأہِل خدایا عفوٗ
مےٚ راوان گِنتی بہٕ کرٕ ہا شُمار
چھہِ ییٚتہٕ ءکتی جأہِل خدایا عفوٗ

## ۱۴۸

ہے کیا لیکھان ہے کیا پران  مےٚ چھُنہٕ فِکرِ تران کینٛہہ
ہے کیا سران ہے کیا کران  مےٚ چھُنہٕ فِکرِ تران کینٛہہ

اَدی اَدی مےٚ گوٚو کنن  یہِ چھُنہٕ دُنیا روزن وول
تیٚلہِ ون ہے کتھ لولا بران  مےٚ چھُنہٕ فِکرِ تران کینٛہہ

حمد و ثنا مےٚ چھُم سوزُن  مےٚ چھُم زندٕ روزُن تام
مرنہٕ بروٚنٹھے ہے کیا زِمران  مےٚ چھُنہٕ فِکرِ تران کینٛہہ

اَتی ہے چھُس نیران لارٕ  اَتی ہے چھُس واتان دار
سمسارس منز ہے کیا سران  مےٚ چھُنہٕ فِکرِ تران کینٛہہ

اسمانس نہٕ پلان نرِ  زمینس نہٕ پلان کھور
اِدِ کتھِ کٔنی چھُس دوہ دوہ دران  مےٚ چھُنہٕ فِکرِ تران کینٛہہ

یاشا گرتھ تھزرس کھسان  پزرس بۂ چھُس دِوان دول
بۂ کیاز اپزس موختا جران  مےٚ چھُنہٕ فِکرِ تران کیٛنہہ

ہوٚرکی یورکی بدعت انان  ذہنس منز چھُس سوٚمبراوان
اِدُس کُس چھُس مسلا گران  مےٚ چھُنہٕ فِکرِ تران کیٛنہہ

أچھ مُچھ وٕٹتھ ووڈھ یم لایان  کانٛہہ نہٕ سٕدرس وُچھ نےٚ تار
پتہٕ یم رِکتھ کنٛی تارس تران  مےٚ چھُنہٕ فِکرِ تران کیٛنہہ

صُبحن شامن دھیانس پیوان  عملا مےٚ چھَنہٕ پانس کانٛہہ
تیٛلہِ کیاز لوٗکن وعظا پران  مےٚ چھُنہٕ فِکرِ تران کیٛنہہ

از کل یہِ کیا علمِ غآبا  صآبر صآبا ژٕ ون راز
گُل کیاز ہرد بروٚنٹھے ہران  مےٚ چھُنہٕ فِکرِ تران کیٛنہہ



# یہ

ہوٚرِ آیکھ یوٚرِ دڑا یکھ شُکریہ
دارِ کٔرِ ژھیٚپہِ سون ژا یکھ شُکریہ

کھوٚت ژٔندٕر کیٛا رُت ایوبِ صآبرس
کیٚنژھہ نٕہ کیٚنژھہ از سِپر باویکھ شُکریہ

دوٚن دِلن از چھُم مے باسان سپدِ میٚل
معرفت کُے جام چاویکھ شُکریہ

از بٕہ باوے اوس کیٛا لوکچار سون
وعدٕ کوٚرمُت یاد پاویکھ شُکریہ

بیہٕ تہٕ یٔتی راتس مے دۆپمس غم مہٕ بر
صبرِ صاٰبر آزماویکھ شُکریہ

سال ما کۆرمے ژٕ آیکھ پانہٕ از
یِتھٕ نہٕ ووٕنی مے مارناویکھ شُکریہ

راتھ سأری گے چلو ووٕنی نیرکھا
میون یِنہٕ کانٛہہ گلہٕ ووٕنی تھاویکھ شُکریہ

دِل دیان چھُم رز گرتھ بُو بند تھوتھ
زوٗن موجی یِتھٕ نہٕ لایکھ شُکریہ



ھہ

قومُک نا چھُس عاڑے کانٛہہ
بے کارس چھُنہٕ کاڑے کانٛہہ
نَے چھُس شانن باڑے کانٛہہ
بے کارس چھُنہٕ کاڑے کانٛہہ

نَے کانٛہہ دلچسپی ہاوان
نَے زانٛہہ سٔدرس ووٚتھ لایان
نَے زانٛہہ ژھاران تاڑے کانٛہہ
بے کارس چھُنہٕ کارٕے کانٛہہ

فِکرو روٗس نا چھُنہٕ اکھ ساعت
نَے چھُس دوہ گُنہِ نے چھُس راتھ
ویہِ وُن نا سمساڑے کانٛہہ
بے کارس چھُنہٕ کارٕے کانٛہہ

نَے چھُس دُنیا سرِنک غم
نَے چھُس مرنک کرنُک غم
بُجرا نَے لوکچاڑے کاثہہ
بے کارس چھُنہٕ کارے کاثہہ

نَے چھُس چم تَے نَے چھُس خم
انہِ کیٛا رنہِ کیٛا تِتہِ نا غم
نَے چھُس جیتہٕ ہاڑے کاثہہ
بے کارس چھُنہٕ کارے کاثہہ

خابن منز ہا کونگ ژاران
دُپہر تامتھ شونگ ترٛاوان
تس نا روٗح بیدارے کاثہہ
بے کارس چھُنہٕ کارے کاثہہ

نظرا تس کیٛا ترٛاوِنی دوٗر
کتھ کرنس ون چھا مجبوٗر

باوُن تس نا زاڑے کاثہہ
بے کارس چھُنہٕ کارٕے کاثہہ

نَے زانہِ باطن نَے ظاہر
سوچھ ون تس کیٛا کرِ شاعر
تس چھُنہٕ بوزُن شعرٕے کاثہہ
بے کارس چھُنہٕ کارٕے کاثہہ

دانا تس پیٹھ کیٛا تھاوِ ستھ
نَے تس وقتس دِیہٕ دعوت
نَے تس یێتہِ کرِ لاڑے کاثہہ
بے کارس چھُنہٕ کارٕے کاثہہ

پنہٕ نَے ہنہِ چھُنہٕ ڈلہٕ نےٕ زاثہہ
رِشتس ہتیٚ چھُنہٕ رلہٕ نےٕ زاثہہ
بُتھِ نا تس انہارٕے کاثہہ
بے کارس چھُنہٕ کارٕے کاثہہ

آرامُک لتس غم چھُنہٕ کانٛہہ
فاقے روزُن غم چھُنہٕ کانٛہہ
لتس نا یێتہٕ ذمہٕ وارٕے کانٛہہ
بے کارس چھُنہٕ کارٕے کانٛہہ

صاۂبر پزٕرچ رٹہٕ کیٚا وتھ
ؤری ین ہٕنز متہٕ گٲری تو کتھ
دوہ نا چھُس مزٕدارٕے کانٛہہ
بے کارس چھُنہٕ کارٕے کانٛہہ



پاٚلیس پیٚون چھُے کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ
مٲلی نتہٕ ہیٚون چھُے کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ
بوچھِ تیٚلے آسی مانٛی ما
نفَسس دیُن چھُے کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ



ٔ

نزاکت تھوان اُس ٔقمتھ سبٹھاہ
شرافت تھوان اُس ٔقمتھ سبٹھاہ
کتھا بوز پرٛاُنس زمانس اندر
صداقت تھوان اُس ٔقمتھ سبٹھاہ

ٔ

شوقن پالان اکھ اکھ دوہ
وأنسہِ چھِ کھالان اکھ اکھ دوہ
قائیم پنٕنۍ نِس وعدس پیٹھ
نکھٕ أسی والان اکھ اکھ دوہ

ٔ

أکی دوٗپ شےٚ تہٕ شےٚ گیہِ باہ
بٔے وۄن بے شک واہ بے واہ
أکی دوٗپ اکھ تہٕ اکھ گیہِ زٕ
بٔے دوٗپ اکھ تہٕ اکھ گیہِ کاہ





عظمتس پٹھ تھاو پرٚھ
قدرتس پٹھ تھاو پرٚھ
زاس کُس گوڑ زاو کس
وحدتس پٹھ تھاو پرٚھ



تسٔی منگ رحمت پانس رِکرٚھ
رزقچ برکت پانس رِکرٚھ
بنیہ اکھ تُحفہ نورے نوٗر
علمچ عظمت پانس رِکرٚھ



اوٚر چھے آیا مدرس گرٚھ
وٕلی چھِو چایا مدرس گرٚھ
علما ادبا حاصل کر
رُت چھے بایا مدرس گرٚھ



ع

ہنگہٕ منگہٕ ظأہر گیہِ بہٕ تہٕ ژٕ
نقلی شأعر گیہِ بہٕ تہِ ژٕ

اکہِ اکہِ لفظن جُملن منز
ہر فن مأہر گیہِ بہٕ تہٕ ژٕ

ادبی اتھ مأدانس منز
عملی وأفر گیہِ بہٕ تہٕ ژٕ

عقلا شکلا یا عملا
تمہِ نِشہِ قأصر گیہِ بہٕ تہٕ ژٕ

کارا بارا تتھ کوٚر لا
اصلی فأطر گیہِ بہٕ تہٕ ژٕ

ان زانن نادانن مٔنز
دٕستی دأیر گیہِ بۄ تۄ ژٕ

پکھ زن چھنہٕ اِز پتھ کیٚا گوٚو
وُڑُوٗنی طأیر گیہِ بۄ تۄ ژٕ

پوٚز بوز سُہ تۄ نا مغزن مٔنز
وۄن ئیٚمۍ صابر گیہِ بۄ تۄ ژٕ



دِلبرٕ یا یوٚد ہاوکھ ژٕ
سیٚزرا پزرا باوکھ ژٕ
واقعی یتھ سمسارس مٔنز
مقصد سوزٕے پراوکھ ژٕ



# ی

مۆرتھا ابجد حساۂچ لولاۂچ سوندری
صۆرتھا مخملی گُلاۂچ لولاۂچ سوندری

لولہٕ چانے دِل چھُ لۆبان قولہٕ چانے گُل پھولان
زینتھا چھکھ عشقہٕ باۂچ لولاۂچ سوندری

کَنہٕ دِوان چھکھ داستانن چھکھ ژٕ ارمانن سکۆن
پۆر تعبیر میانہٕ خاۂچ لولاۂچ سوندری

چھکھ پران یاشاتہٕ نیران دون دِلن ییتہٕ میٖل کران
چھکھ کران کأما ثواۂچ لولاۂچ سوندری

دار پورِ ہیوٚر ریہٕ پڑارے لال پورِے بونہِ تل
رٕژ شێچھا ان نوبہارٕچ لولإچ سوندری

کلمہٕ باوان ہوٗ بہوٗ اِدٕ آیہِ آیے دم بران
زان تھاوان چھکھ قرآنٕچ لولإچ سوندری

صبرِ صابر چھکھ ژٕ پراوان درد گامن گتھ کران
کٕفیتھ چھےٚ اِضطرإچ لولإچ سوندری



# ی

نہ چھُم ماضی نہ چھُم حال بہٕ چھُس کرٛال بِذاَتی
مےٚ چھُم میٛژ تہٕ سیٚکھا مال بہٕ چھُس کرٛال بِذاَتی

بوٚ گامہِ مےٚ چھُم ماتا مال لُکھ چھِم ونان بُلبُل کرٛال
مےٚ کرِشھ چال مےٚ کرِشھ ڈھال بہٕ چھُس کرٛال بِذاَتی

نہ گُنہِ سُلی تہٕ نہ گُنہِ ژیر بہٕ چھُس کامہِ کارس شیر
نہ چھُس سہہ تہٕ نہ چھُس شال بہٕ چھُس کرٛال بِذاَتی

نہ کانہہ پہر نہ کانہہ ساعت مےٚ چھِم ہوی دوہ تہٕ راتھ
پھیٚرنس مےٚ ناگُنی نال بہٕ چھُس کرٛال بِذاَتی

تُلان یٔٹ تہٕ گڑھان چھُس أئی رِزق لبان چھُس
بےٚ چھُس ژھنڈان کوہ تہٕ بال بےٚ چھُس کرٛال بِذأتی

وِرد مےٚ چھُم سۄ بسۄ پران اللہ اللہ ہۄ
سازس سُر تہٕ یوہے تال بےٚ چھُس کرٛال بِذأتی

بےٚ گیہِ روشن ضمیری مےٚ نا پسند امیری
فقیری بےٚ کران سال بےٚ چھُس کرٛال بِذأتی

مرٛھن مِنت ہوٚان چھُس یٚیلےٚ بنِم کھوٚان چھُس
نہ گُنہِ کوج نہٕ گُنہِ کال بےٚ چھُس کرٛال بِذأتی

پھِران ژٔرٛٹ تہٕ ٹُلان لأٹھی بےٚ چھُس سحرس کران کأٹھی
تھُران بانہٕ میٚڑِ و تھال بےٚ چھُس کرٛال بِذأتی

موٚخصر مےٚ نا گُنی ناز مےٚ کتہِ بنِن گاڑٕ ماز
ہاکھا بتا کھیٚوان دال بےٚ چھُس کرٛال بِذأتی

وۄتھان سُلی بنان بأنگی بہٕ چھُس روشن کران ژأنگی
کوندِ منٛزے لبان لال بہٕ چھُس کژال بِذأتی

تھُران بانہٕ کران سنٛز کژالہٕ پن مےٚ اتھس منٛز
عجب فن تہٕ عجب چال بہٕ چھُس کژال بِذأتی

مےٚ نا جامہٕ ژٕری چھِم مےٚ نا زٕاںٹھی ژٕری چھِم
بایہِ مےٚ کُس کریم سال بہٕ چھُس کژال بِذأتی

بنان صأبر کران زور نکھس بہٕ چھُس ٹُلان بور
مےٚ نا ژٕنہی گژھان گال بہٕ چھُس کژال بِذأتی



وقتہٕ بروٚنٹھے اکھ قیامت کأہلی
آدمس رِکژھ دپھ ملامت کأہلی
امتحانس منٛز سبٹھاہ مشکل سوال
فیل گژھنہٕ اکھ علامت کأہلی

# ی

سَمیس یُن گۄو شان خدأیی
نیرُن گۄو اِحسان خدأیی

مخلوٗقاتن منٛز اشرف
یێتہِ ہا چھُوٚ اِنسان خدأیی

سَمیُگ بارا چھُس ویٚتران
نازک میٚے چھُم پان خدأیی

دُنیأیی میٚے عٗلما سۄر
چشمن منٛز چھُم زان خدأیی

غلطی یۄ دوے زأنتھ گٔے
آسان تیٚلہِ ہرجان خدأیی

علمِ غأبا بۂ تہِ ونۂ کیٛا
آدم چھُو انزان خدأیی

بسنس رِکرٛتھ ییٚلہِ پھرا شیٚر
واتان ؤلی گوٚو چھان خدأیی

غم أسِتھ میٚے وُچھ بے غم
کأتیاہ مُتی مستان خدأیی

سیٚزرِچ پزرِچ وتھ ہاوان
نأزل گوٚو قرآن خدأیی

پیٚران سأری سٔدرس مٔنز
دانا ییٚتہِ نادان خدأیی

صأبر عظمت بڈٕ دولت
دیُت تمٔی سُند زوٗ جان خدأیی



# ی

سِر مہِ باوِے غاَر زانس پکھ زمانس ءستی ءستی
تھٲز ژِے روزی شان پانس پکھ زمانس ءستی ءستی

نیستی آسِن زمینس آدمس کیُت جان گوٚو
بێیہِ تھزر منگ آسمانس پکھ زمانس ءستی ءستی

یێتہِ کرِنی محنت مشقت فرض عاَید آدمس
کاَم نا شُبہ ہێنی بہانس پکھ زمانس ءستی ءستی

ہوش واراہ گوش واراہ جوش واراہ تھاو سۃ
لب سۃ مطلب داستانس پکھ زمانس ءستی ءستی

ووتھ کمر گنڈ پۆر سحرس شانہِ مُستقبل بناو
چھُس ونان اُمی سِے جوانس پکھ زمانس ءستی ءستی

دھیان تھو بے سۆد یا بے ہۆد کتھ مو کر زنہے
کاَم ہیوٚو شیرین بیانس پکھ زمانس ءستی ءستی

خوش تہٕ بیٚیہِ خوشحال تھاوی جام چاوی مس مُدُر
آپراوی کھنڈ دہانس پکھ زمانس ستۍ ستۍ

رِستہٕ نَے گوشتابہٕ نَے گاڑ یا ژامن تہٕ نَے
ہاکھ بتہٕ شیری یہٕ بانس پکھ زمانس ستۍ ستۍ

رونقا ییہِ لولہٕ باغس منگ ژٕ آغس دِلبری
پوش پھولہٕ نَے گُلستانس پکھ زمانس ستۍ ستۍ

شوقہٕ سان تعمیر کر مضبوٗط تھو بُنیاد بس
کر مُکمل پش مکانس پکھ زمانس ستۍ ستۍ

چون دُنیا چون عقبیٰ میون مولا رُت کری
کر رحم بیٚتہِ بے زبانس پکھ زمانس ستۍ ستۍ

ہر فنس منز پوٗر مأہر پوٗر صأبر بن لگے
ڈٹ مقابل کر طُفانس پکھ زمانس ستۍ ستۍ



# ی

وُچھِم دُو جہاں مےٚ چھِ سأری پٔنٕنۍ
زمین آسمان مےٚ چھِ سأری پٔنٕنۍ

یمے دوہ یمے رأژ شامُو سحر
بدلوٕنۍ زمان مےٚ چھِ سأری پٔنٕنۍ

أتی زندگی مٔژ تھزر کٔیو سنٕیر
عجب داستاں مےٚ چھِ سأری پٔنٕنۍ

بیاباں صحرا یمے کوہ تہٕ بال
گُلو گُلِستان مےٚ چھِ سأری پٔنٕنۍ

دۆیم دوس دُشمن الف ب تہٕ ج
بہٕ کتھ چھُس سنان مےٚ چھِ سأری پٔنٕنۍ

دِیُو مو یمن بایہِ تکلیف زانٕہہ
بےٚ کس بے زبان مےٚ چھِ سأری پٔنٕنۍ

رُتُے یم پران اِدٕ رُتُے یم کران
رُتُے یم سران مےٚ چھِ سأری پنٕنۍ

چھِ اِنسان حیوان چرند و پرند
دِپان پاسبان مےٚ چھِ سأری پنٕنۍ

منگان چھُس خدایس یمن روزگار
أزِکۍ یم جوان مےٚ چھِ سأری پنٕنۍ

بہٕ چھُس شاد واراہ تہٕ صأبر سدا
بُلند آستان مےٚ چھِ سأری پنٕنۍ



ارمان میٲنی یم کر گلی
بکواسا چھُس باوان ٲلی
ساٚسس ڈبلس بہٕ تہِ انہٕ ہا
عقلا ہا بٕگرٕ شھ آٮ۪سنی مٲلی



# ے

اکھ رژھا مو تأر أسن خأر أسن سارِنے
شوقہٕ بولان ہأر أسن خأر أسن سارِنے

میون مولا میون بۄزِن مۄ سوزِن بے بہا
ژۄنٹھ دچھ کیٖو أر أسن خأر أسن سارِنے

ڈنجہِ ییتہٕ ماحول تھاوان جل قُمری کستوٗری کاو
گھ کران ٹِٹہِ وأر أسن خأر أسن سارِنے

سایہِ تژاوان بۄنٛی واراہ پۄر وادی راتھ دوہ
بوز دِودار یأر أسن خأر أسن سارِنے

آدمس ییتہٕ لولہٕ پھُلیا چھاوناوان دم بدم
شوقہٕ بادام وأر أسن خأر أسن سارِنے

آے ہُری تن ساگزارن دِل ہُشارن کیُت غذا
ال تہٕ وانگن لأر أسِن خأر أسِن سارِنے

بأے بندُت پۆرِ قومس سورخ رویِ عالمس
تی یژھان یێتہٕ غأر أسِن خأر أسِن سارِنے

یتھ سرایے منٛز چھِ روزان تتھ سرایے پۆرِ پۆر
پِش تہٕ درواز دأر أسِن خأر أسِن سارِنے

خاندرن پێٹھ کونگہٕ قہوا اِدٕ ضیافژ بے بہا
منٛزی نژان طش نأر أسِن خأر أسِن سارِنے

پۆر صُبحن پۆر شامن گوو یہِ صآبر داہ کران
خأر خأرے خأر أسِن خأر أسِن سارِنے



# ے

تارس ترنگ آسُن آے
عٔلما پرٕنگ آسُن آے

پانس تھاوُن قائیم دم
لولا برٕنگ آسُن آے

دُنیا رِتی پأٹھی پکہٕ ناوُن
عقبیٰ سرٕنگ آسُن آے

دُمبرا خوش پأٹھی گُزراوٕنی
دوہ دوہ درٕنگ آسُن آے

بُدیٖن روزُن بیٚتہٕ بیزار
رُت رُت زرنُک آسُن آے

زِندٕ روزُن گوٚو کوتاہ جان
آخر مرنُک آسُن آے

صابرٕ نفسس دیُٖن کیٚنژھا
کارا کرنُک آسُن آے



بہٕ کرٕ ہا ریاضت تگان چھَم کہٕے
مےٚ باوٕنی صداقت تگان چھَم کہٕے
بہٕ زن گیر گومُت دُلابن اندر
کَران چھُس عبادت تگان چھَم کہٕے



# میانۂ کتابہ



علم ادبس اندر بوزِو حسأبی
کرِنۍ حأصل یہِ گیہِ اکھ کامیأبی

کران یہِ تہِ گوس اکھ کوٗشش بظأہر
دِژِم ترتیب نۍ دیوانِ صأبر